# احساسہٕ مول

( ارزشِ احساسات در زندگانی ہُنر پیشگاں )

نیماؔ یوشیج

ترجمہ

قاضی ہلالؔ دلنوی

قاضیٔ پبلیٔکیشنز۔ قاضی محلہ دلنہ بارہمولہ

# احساسہ مول

(ارزشِ احساسات در زندگانی ہُنر پیشگاں)

نیما۔ یوشیج

ترجمہ

قاضی ہلالؔ دلنوی

قاضی پبلی کیشنز۔ قاضی محلہ دلنہ بارہمولہ

ناو ـــــــ اِحساسہٕ موٗل

کتاب ـــــــ ارزشِ احساسات در زندگانی ہُنر پیشگاں (فارسی)

مُصنّف ـــــــ نیماؔ۔یوشیج

ترجمہ کار ـــــــ قاضی ہِلالؔ دلنوی

چھپن وٚری ـــــــ ۲۰۰۹ء

صَفہٕ ـــــــ ۱۴۱

خوشنویس ـــــــ قاضی عاشق حسین۔سوپور

موٗل ـــــــ ڈلے ہتھ روپیہ (۲۵۰/=)

چھاپ ـــــــ فرحان پرنٹرس سوپور 9906859424

ـــــــ کتاب میلنک نیب ـــــــ

۱۔ قاضی پبلی کیشنز۔ قاضی محلہ، دلنہ بارہمولہ۔۱۹۳۱۰۱

۲۔ قاضی منظور دلنوی۔ دلنہ بارہمولہ

۳۔ میزان بُک سیلرز اینڈ پبلشرز۔ بٹہ مالو سرینگر کشمیر

۴۔ کِتاب گھر۔ مولانا آزاد روڑ۔ سِرینگر کشمیر

"بہٕ چھُس یہٕ کِتاب چھاپ کرنہٕ باپتھ جموں وکشمیر کلچرل اکادمی ہُند مٲلی اِمداد آیتن بھاونہٕ باپتھ شُکر گزار۔ یُتھ کِتابہِ منز شٲمِل موادَس ستی چھُنہٕ کلچرل اکادمی ہُند سیدِ سیٚود یا ورگہٕ پٲٹھی کانٛہہ تعلق ہیٚتہ نہ چھُ اکادمی اَتھ منز باونہٕ آمژ گنہٕ رایہٕ ہنٛز ذِمہٕ دار۔"

قاضی ہلاؔل دلنوی

# نیمایوشیج تہٕ احساسہٕ موٗل

نیمازاو ۱۲۱۵ ھ یا ۱۸۹۷ء ایرانہٕ کہ مازندران صوبہٕ کس یوش ناوٕ دی گامس
منٛز تعلیم حاصل کرنہٕ پتہٕ رود ۱۹۳۸ء پیٹھہٕ ۱۹۴۱ء تام سرکاری رِسالہ وار رسالہ
"موسیقی"، ہندِ ایڈیٹوریل بورڈک ممبر یتھ دوران سہٕ اتھ رسالس منٛز پننۍ مضموٗن
"ارزشِ احساسات در زندگانی ہنرپیشگاں" عنوانس تحت لیکھان رُود۔
تمے مضمون کٔری پتہٕ ابوالقاسم جنتی عطائی ایرانٕی ادیبن جمع کٔرِتھ کتابی
صوٗرتس منٛز چھاپ۔
عطائی سُند گُف چھُ زیمہِ وقتہٕ فارسی زبانٕ ہنٛدی ادیب تہٕ
شاعر غار زبانٕن ہنٛز تقلید کرنکۍ روادار آسہٕ نہٕ، نیمااوس ترقی یافتہٕ
زبانٕن ہنٛدِ فن تہٕ ادبچ پأروی کٔرِتھ ایرانی ادبس بُرزٕر کران۔ سُہ چھُ
وَنان زِ تہٕ کٔرِتھ تہٕ چھُ اِہندِن مضموٗنن منٛز یہِ اَکھ خأمی زِ سُہ چھُ اکثر

جائین پننۍ خیالات وُٹھۍ وُٹھۍ بیان کران۔

نیما یوشیج سٕنز گوڈنچ نظم "قصۂ رنگ پریدہ" گیہ ۱۹۲۱ء منز شایع۔ یہ اُس اکھ طویل نظم یتھ منز اُزکس حساس اِنسانہٕ سٕنز تلہٕ تاجی تہٕ بے قرأری ہٕنز نشاندہی کرنہٕ چھےٚ آمژ۔ اُتھی ؤری یَس منز چھپیہ شاعر سٕنز بیاکھ نظم "ای شب" ہفتہٕ وار "نَو بہار" اَخبارس منز۔ یمہٕ آسہٕ جدید فارسی شاعری ہٕنز تمہٕ گوڈنچہٕ مثالہٕ یمن منز جذبہٕ تہٕ منظر چِلہٕ وَن اُس۔ اَمہٕ پتہٕ چھپیہ شاعر سٕنز طویل نظمہٕ "افسانہٕ" تہٕ "محبس"۔ یمہٕ دوشوَے چھےٚ اَہنز بہترین نظمہٕ گَنزرنہٕ یوان۔

نیما چھُ روایتی فارسی شاعری خلاف اکھ باغی تہٕ جدید شاعری ہُند بانی کارنہٕ وَنہٕ ہاوُک یتھ نَو پُیہ ہندی لیکھن وألی سمجھاہ متأثر کری۔ یہ چھےٚ اکھ تسلیم شُدہ کتھ زِ ترجمہٕ کرُن تہٕ چھُ اکھ فَن۔ ترجمہٕ کار گژھہ اَکی وَقتہٕ دوٚن زبانَن ہُند زانَن وول آسُن۔ اکھ سُہ زبان یتھ منز اصل متن آسہٕ تہٕ بیاکھ یتھ منز یہ متن پھِرنہٕ یِیہ۔ یژھ زبأنۍ چھُ یَنُن وُکھ مزاز، اِصطلاحات، محاورٕ، ژٕینن ترایہ بیتر آسان۔ ہرگاہ اَمہٕ ساتہٕ ترجمہٕ کارس یمن چیزن ہُند تجربہٕ تہٕ زان آسنہٕ تیلہ چھُ یہ لفظی ترجمہٕ بنان تہٕ اصلہٕ نشہٕ دُور گژھتھ اکھ فضول کوشش آسان۔ لہاذا چھُ کامیاب ترجمہٕ سُے

یُس پٔرن وٲلس بجایہ خود تخلیق باسہِ۔

مےٚ چھُہ یہ ترجمہٕ ۱۹۶۶ء منز کوٚرمُت، ییٚلہِ مےٚ تازٕ تازے ایم اے (فارسی) کوٚرمُت اوس۔ اما کیٚنژن وجوہاتو کنۍ خاص کٔرتھ میانہٕ تساہل پسندی کنۍ رُود یہ مسودٕ مُنتشر وَرقن پیٹھ۔ اکہِ دوہہ کوٚر مےٚ مرحوم بشاط انصاری صأبس بٔتھ اَمیُک تذکرٕ۔ تِمو یِمہٕ وَرق سومبرأوِتھ اَتھ کِتأبی صوٗرت دِنک پُرخلوص مشورٕ دیُت۔ بلکہِ کوٚرُن "اَرزش احساسات در زندگانی ہُنر پیشگاں" کِتابہٕ کأشرِس منز "احساسہٕ موٗل" ناو تجویز۔ اَمہٕ پتہٕ کیٚہ کألی سیّد بشاط صأب رحمتِ حق۔ اَما اُہُندیہ تجویز کوٚرمُت ناو کوٚر مےٚ اَتھ موٗلُل تحفہٕ زأنِتھ ییمہٕ کتابہ ہنٛدِ باپتھ قبول۔

یتھ کتابہ منز موجود کٔمیَن تہٕ بٕرٕ گیَن ہُنٛد آسُن چھُہٕ ناممکن۔ یہ چھا اُمید زِ پٔرن وٲلۍ حضرات کرن مےٚ اَتھ منز موجود پٔرٕ گیو نشہٕ زٲنۍ یاب۔

اَخرس پیٹھ چھُس بہٕ پننس ٹاٹھِس شاگرد تہٕ جوان سال شاعر رشید کانپوری صأب تہٕ عبدالوہاب آکاش صأبُن شُکر گزار یِمو مےٚ یہِ کتاب ترتیب تہٕ چھاپ کرنس دوران پٔنُن تعاوُن آیتن تھو و۔ بہٕ چھُس بشیر چراغ صأبُن شُکریہ ادا کرُن پٔنُن فرض زانان یِمو یتھ کتابہ گوڑ کتھ لیکھتھ اَمیُک موٗل زیادٕ ہُرٕ رو۔

قاضی ھلال دلنوی
دہلیٛن

۱۵ جنوری ۲۰۰۹ء

# ژٕسلی گاٹہٕ جارٕک
# پہٕ "احساسہٕ مول"

کٔنہٕ تہٕ زبأنۍ ہُنٛد کانٛہہ تہٕ اَدبی شہکار یُنہٕ ماجہ زٲوِ منٛز پھرُن چھُ اَکھ خصوصی وَصف آسنس سٟتۍ سٟتۍ اَکھ کرٛیوٗ ٹھ صِفت تہٕ۔ عام پأٹھۍ چھُ یہ صِفت اِوموکھ کرٛیوٗ ٹھ بَنان زِ اَتھ چھُنہٕ مولی زبأنۍ ہِنٛدِ ادراکٕچ ہم آہنگی آسنس سٟتۍ سٟتۍ یُنہٕ شوٗعوٗرٕچ آگہی تہٕ دُلیس روزان۔ یمہٕ سٟتۍ مولی ادبکہٕ تمدنی تہٕ لسأنی پۆت منظرٕکۍ کینٛہہ بُنیأدی اصوٗل یا اَسلوٗب کاپہٕ یٔنس منٛز اَتھ روٗٹ کرِتھ چھُنہٕ ہیکان۔ یم ظأہری یا بأطنی پہلوٗس پیٹھ تہٕ یہ دٕپی زِ تہٕ بےٚ سوکھ پُرشور، پیچدار آبشار یا نیٚبہٕ کرٕ وٕنۍ ٹہرٕ نۍ تہٕ خاموش سۆدرٕ اعتبارٕ بیاہٕنکِس سأبحس منٛز کانٛہہ مُشکل دَرپیش اَنہٕ ورأے

کاپہ یہن۔ ترجمہٕ بڑٕ شٹھ گڑھ مولی زبانٕ ہُند ڈکشن تہٕ کس فنس ہٕتہ کلامس نسبت سرنہٕ اعتبارٕ وُٕنس تل آسُن۔ یمہٕ حسابہٕ اُسی تمہٕ اَدٕبچ مولانکہ وُٕنی کرِتھ اَدب ہٕتہ غاَر اَدٕبچ فَرق ہٕتہ زالنگاری آسانی سان کرِتھ ہیکہٕ ہو ـــــ!

کاشرِس علم واَدبَس منز چھُ ترجمہٕ کاری ہُند سِلسلہٕ وارِیاہ کالہٕ پیٹھٕ پکہٕ وُن رُود مُت۔ یُس ترٕواہمہٕ اٹھٕ داہمہٕ صدی پیٹھے مختلف صِنفن منز دٕریٹھ گڑھان چھُ۔ سنسکرت، عربی، فارسی، انگریزی، ہندی، اُردو بیترِ زبانٕ ہندین فن پارن ہندی ترجمہٕ چھِ یِزنہٕ پاٹھی کاشرِس گُلہم ادبَس منز زبانٕ ہندِ مولہٕ مایہٕ سرمایہٕ زٕنگو قبوٗل کرنہٕ آمتی۔ سُہ چاہے شاعری زبانٕ اعتبارٕ سرنہٕ آو یا نثرس منز مولہٕ وَنہٕ آو۔ یمہٕ اعتبارٕ کاشر زبان ہٕتہ ووٕپر زبانٕن مقابلہٕ سبٹھاہ تہی مایہ گی منز مالامال بنیاے، یُس گُلہم پاٹھی ساٗلنس منصوبہٕ یند اَدبَس نَزٕ آلوان ہٕتہ لول بران چھُ۔

یہٕ وَنہٕ کُنہٕ خوفہٕ تردٕد وراَے زِ تمام فنونِ لطیفہ ہُن منز چھِ ترجمہٕ کاری اَکھ سُہ فن یتھ منزِ نہٕ صرف ترجمہٕ کارٕ پسندِ خیاہٕچ ترسیل کاڈ کڈِتھ ہیکان چھِ۔ بلکہٕ اَتھ سٕتی حُسنِ بیانہٕ علاوٕ اٗمی پسندِ جذبٕچ ہٕتہ احساسٕچ تیتھٕ ہٕتہ برقرار روزان چھِ یُس مناسب ہٕتہ موزوٗن ترجمہٕ بُنِتھ

مولی زبأنی ہندِس اِستعارس ، اِظہارس تہٕ مابأقی علامژن ینٕنہٕ زبأنی منٛز تہٕ یِمہٕ نے ہیٚژن کامہِ لاگان چھُ ۔ تٔمِچ خصوصیت یہ بدٕ یٚران چھِ زِ یہ مولی ترجمہٕ چھُنہٕ ترجمہٕ روزان ۔ بلکہِ چھُ یہ بذاتِ خود اکھ سٕہ تخلیقی مادٕ بدٕ کڈان ۔ یتھہٕ منٛز اکھ موٗلُک تخلیق کارزاینٕ لبان چھُ ۔ یِمہٕ ستی یہ حسی تہٕ موٗلہٕ تخلیقُک پھٔرن زیادٕ مأری موٗند بنان چھُ ۔ اَمہٕ علاوٕ چھُ موٗلہٕ تخلیق کارٕ ہندِس تخیلی وٕلِس ستی پوٗرٕ پوٗرٕ اِنصاف تہٕ سیدان چھُ ۔ وُنِستام چھِ کأشرِس اَدبَس منٛز واریاہ تھٕیکِنٛز لایق ادیب تہٕ شأعر بحیثیتہِ ترجمہٕ کاربارَسَس آمتۍ ۔ یوٗزِ یمن منٛز چھُ کینژن محض کینژن ترجمہٕ کأری ہُند گوٗن حأصل سپُدمت ۔ تِم چھِ اوٚنگجہٕ ٹینڈٕ ہن پیٚٹھ گنٛزرنس لایق بنان ۔ یہٕ ونہٕ زِ یِمو منٛز چھُ کأشر زبأنی ہُند اکھ یرٕ ژھیٚل ولیوٗد ناو ۔ یِم یہٕ گٔنہٕ زأنی بایتھ آویزٕ چھِ ۔ یِم چھِ رسأنی حسیتی ادیب تہٕ شأعر ہلال دلنوی صاب ۔ یِمن مُتعلق وُنِستام پی وَنہٕ چھُ لیوان زِ یِم چھِ کأشرِس اَدبس منٛز خوٗبصورت اِستعارٕن تہٕ پیکرن ہٕنٛز خابناک روٗہ یہٕ لانکہِ تھدٕ موٗلچ اُرزٕتھ ہیتھ کأشر زبأنی کشف آمیز فضہکہِ سرمایہ ژنگی یرٕ بٕز ناوٕنہٕ یوان ۔ یِتھہٕ پیٚٹھٕ اُسی گأرو گنٛزہِ ہیکو تھاوِتھ ۔ یِہٕنٛز کینٛہہ موٗلِجہٕ تصنیفہٕ چھپے " سأئنس گُلہم کأشرِس اَدبَس منٛز یہ ڈٕیِ زٕ تہٕ وُنلہِ گٔہٕ

کاسیچ کوشش ہیمژ ییرِ کینا سَس منز صنوبر پیرِ ژھی شوب بخشان۔ لیہلاو، شفق، زادِ راہ یا اوردو زبان وادبس منز پنِنز خاص وَتھ پرُاوتھ شاعری ہنزِ ادراکہ رنگو صحیح تہٕ صاف ذیہن آیت بھاوِتھ یتھ منز "دشتِ شب" "خیابان" ہشہِ موہلچہ شعر سومبرنہٕ ناو ہنس لایق چھےٚ۔ امہِ علاوٕ "انوارِ احمد"، عرفانِ احمد، لذت ہٕتہ منقبتن منز پھرنی لایق بنان چھ۔

اوردو تہٕ فارسی زبان چھےٚ یمن دُرس وأنسہ منز درسی نصابہ رنگو یہ ڈیِلِ زِتہ ماجہ زلو بنیتھ داسہ کونڈ ہنز گری ثابت سپز منز۔ یتھ منز یُہند تخلیقی تہٕ تخیلی جلوٕن ہُند اظہار کاپہ رُودمُت چھُ۔ ایم۔اے فارسی آسنہٕ برکتہٕ چھ یم ادبی دُنہس منز آفاقی جمالیاتی اوصول پانہٕ ناوِتھ أکِس قأری یس پنُن فن پارٕ کُنہِ غرابت ہٕتہ تأکیدٕ ورأے تہٕ حظ ہٕتہ حلاوت بخشنس منز سُرخرو۔ تمچ مثال فارسی زبان وادٕ پچ موہلچ تخلیق "ارزشِ احساسات دررزندگانی ہنرپیشگان" پنِنہ ماجہ زلوِ منز پھرنی اعتبارٕ تا اَبد یاد تھاوُنی لایق چھےٚ۔ یہ کتاب چھےٚ ایران کس نوٚ کالہ کس گوڈنکس نوٚس بہلہ پایہ شأعر تہٕ ادیب علی اسفندیاری نیما۔ یوشیچ سنز یوسہ ترین صنفن، "قلم" "برش" تہٕ "ساز" یعنی ادب، مصوری تہٕ موسیقی پیٹھ وضاحتہٕ سان ترتیب دِنہٕ آمژ چھےٚ۔ ہلال صابن چھےٚ یہٕ "احساسہ مول" ناو دِتھ پنِنہ علمی تہٕ

فِکری تحرم پکچھ تیہہ ستی کاشرس اَدبس منز ذیہنی اِستدراکہ کہ آگر اعتبارِ
نوّن گدٕتھ بھوومُت۔ اَمی صاحبِ نظر ادیب، نقاد تہٕ آکاش گوہماتن چھُ
پننہِ قرمزی حسی اعتبارِ نیما۔ یوشج تام پننین ہمہ گیر کیفیژن منز ووسنس
اوٚنمُت۔ یمہِ کنی یہنٛزِ بسیار، سونچن ترائن ہنٛز پاسل صورت نمایاں طور
اَکہِ شوٗزِ وسیلہٕ زٕنگی پہ ڈیٖپی زِ تہٕ ششدر بصد گمان لباس وٗلہتھ بدٕراہٕ
چھےٚ ــــ!

ہِلال دلنوی صابٕن چھےٚ اَرزِشِ احساسات" پننہِ لاشوٗعوٗرکہ بے دوٗنٛتھ
بسنہٕ تہٕ ذیہنی پیچیدگین تہٕ کالہٕ مُشکلاتو باوجود فکری یارانکہِ احساسہٕ مولہٕ
بامہٕ عروٗجس واتناوٕمٕژ۔ ۱۹۶۶ء پیٹھٕ وُنیشتام یعنی چہل سال گُزرنہٕ باوجود
چھےٚ "احساسہٕ مول" باقی کھوورأے تہٕ تمہِ بےقرأری ہنٛد ظوٗن یہنٛز
تخلیقی تہٕ تخیلی وونٛزارہٕچ رنگارنگی منز اَمہِ کِنہِ وسعتن للہٕ کھول کران۔
مولی تخلیق پھرنہٕ باوجود چھےٚ ہِلال صابٕن یہ پننہِ منطقِ اعتبارِ مضمون یا
معاصر اَدبس پیٹھ دیباچن ہنٛزِ شکلہِ پٔژی کاشرس اَدبس اَکہٕ اہم سرمایہ
زٕنگی ہٕرِ برکوٗرمُت۔ یمہِ کنی یمو پننین قارٕیٖنن مولی زبأنی ہنٛدِ متفرقہٕ
فن پارن ہنٛد پاشوٗب گوٗرٕنہِ اَمہِ کِنہِ فضیلتن کُن توجہ پھرِتھ برپوٗر
کوٗشِش کرِمٕژ چھےٚ۔

یمن ترٛیشوٚنی صنفن ہُنٛد پھیرُن ییٚنہٕ ہلال صابنہٕ فکرٕ ہُنٛد فلسفہٕ تہٕ
اَکِس بہتر طریقس پیٹھ مولانکوٚنی صوٗرژ منٛز بدٕ دٕرامُت چھُ تہٕ چھُ ترجمہٕ کار
اَکِس طاقتور مکالمہٕ تہٕ خود کلاٗمی ہنٛز وَتہٕ منٛز اَکہٕ وُکھرٕ تہٕ بےٚ دوٗن موٚپچ
اَرزٕ ٹھ ہیٚتھ اوٚبرس ووٚبرٕ کرٕ ٹھ نوٚن دٕرامُت۔ تکیازِ یوسہٕ عمل ہلال صابن
یتھ کتابہٕ نِسبت پھرِس منٛز اپناوٕمٕژ چھےٚ۔ سو چھ پزرٕ پاٹھی یہند فکرٕ ہُنٛد
مأرٕ مُندیُت، خوٗبصورتی تہٕ وَیہ وِنہِن احساساتَن، جذباتَن ہندِن وُتشل
لیَن ہُنٛد وجود قأری یَن بروٚنہہ کُن اَنان۔ یتھ منٛز زبأنی ہُنٛد سأدر وارٕ تہٕ
گُلہم شوٗبہٕ وُن اختصار واہ واہ کرٕناوان چھُ۔ ییٚمہٕ کِنۍ اَکِس قأری یَس اَمی
متناسب حُسنہٕ دِلکِ دُب دُب، بُتھیٚک ووشلُن، اَتھن ہُنٛد اَسُن بیترٕ
ترجمہٕ کأری ہندِ مأدانک پزرٕ تہٕ اَہِچ اہمیت ہُرٕ راونس منٛز شیرٕ لاگان چھُ۔
ستی ترجمہٕ کارٕ سِنٛدِ کُشادہ تہٕ پُرژھیٚل ذیہنک نظارٕ تہٕ ہاوان چھُ۔ بہٕ وَنہٕ
لگأرِ کُنہٕ وو بدٕرِ زِ ترجمہٕ وِزِیُس ژھدُن، دوٗین یا فکری طور چھانٛن اِظہار
ترجمہٕ کأرن کامہٕ کأرس لوگمُت چھُ۔ تمہِ حِسابہٕ چھُ یہ احساس برابر گنان
زِ "ارزش احساسات" چھےٚ تخلیق کارٕ سُنٛد کم تہٕ ترجمہٕ کارٕ سُنٛد حسی آگاہی
موجوٗب "احساسہٕ مول" ہُمنہٕ ٹھ زیادٕ مقبول بنیو مُت۔ یمٕ ٹیک فاصلہٕ یہندی
پَرن وألٕ تہٕ کرٕ ٹھ ہیٚکن۔

"احساسہٕ مول" چھُ صحی فنکِ حسٕنک تلاش تہٕ سُہ حاصل کرٕنک
صحی وَتہٕ ہُنٛد گُزرٕ تہٕ ترجمہٕ کأرس اَندی اَندی گرایہٕ ماران رُودمُت۔ یمہٕ کِنۍ
"احساسہٕ مول" پَران پَران باسان چھُ زِ ہلال صأب چھُ پننس قأری یَس

اَتھس کھَسپھ کرِتھ مولی اَدِیچ زان کرناوُنس ستی ہیکن اَدِ چ وَتھ تہ ہموار کران ۔ یہ چھُ بہتر دانشوری ہُند سَبب زِ یم چھ ہیکن باڈوِدار اَدبچہ زندگی ہُند تجربہ وُچھنک ہمت ہیوسلیقہ عطا کران، یُس سانہ کُلہم اَدبی وو بہ تہ زار چہ تخلیقی عملہٕ منز لگہ ہار بر ژنگی صحی اَدِبچ تہ غار اَدِبچ فرق محسوس کرناوان چھُ ۔ یُس یہندِ تنو عو ژک حس بہر حال کُنہ عملہ اکہ حصہ ژنگی اکھ اژھینُ حصہ پارہ کران چھُ ۔ ہلال صابُن چھےٚ ہیکن پاٹھن ترجمہ کاری تہ وُنلہ گیٹہ کاسنچ اَکھ کامیاب کوشش کرمژ ۔ مےٚ چھےٚ اِنشاءاللہ یہ آش زِیمہ عاشہ ستی یہ موٗلج کامہ ہُن اند واژمژ چھےٚ، کمی اَمانہ ین پرن والین فارسی زبانی ہندِ طلسماتی دُنیہکی منظرتہ اَکھ تہ ستی کاشر اَدبہ کین وو ستین منز گوہر تہ نظرن برو نہہ کُن ۔ یمہ کنہ پرن وٲلی تہ ہم عصر اَکھو بیٹھی مولناوِنس ۔

آمین

بشیر چراغ

اِقبال نگر سوپور

۲۰ دسمبر ۲۰۰۸ء

یِمہٕ لُکھ فن کارن ہنٛزِ زندگی ہنٛز پلیتھ پانٛھ سام ہیٚنٛج کوٗشش کران چھِ بتہٕ چھ
یِمن فن کارن ہنٛدی مُبہم تہٕ کیٚھہ کڑٕ ذلایق حالاتے بدٕ ہیٚکان گژھتھ تہٕ کیٚنہہ تیتھۍ لُکھ تہٕ
چھِ یِمہٕ زانٛنتھ مانٛنتھ حقیقت بیانٛی اندر پننہٕ سوٗچن ترٛاوِتھ ورتاوان چھِ۔ اوٚکنہٕ
چھ بتہٕ چھیکرس یہِ مفروضہٕ قایم کران زِ فنکار چھ سو زندگی بسر کران یوسہٕ خیالی احساسن
اندی اندی چھِ پھیران تہٕ یُتھنہٕ عام لُکن ہنٛزِ زندگی ستۍ چھنہٕ اکھ کانٛہہ تہٕ ہشر چھُ تہٕ گوٚیہ زِ
انسانن ہنٛز سو ذاتھاہ یِمن منٛز یا دایٚشی پرژ موجود آسنہٕ کنہٕ یُنن دامن دوٗکھو دادلو
لنشہٕ بچاون ممکن چھُنہٕ۔

اَمہٕ کِہ سوٗچن والۍ چھِ زِندگی منٛز بُھتھ پیٚنہٕ والین حالاتن ہنٛدین شدید
تاثراتن تہٕ سوٗچس منٛز فنہٕ ترٛاوان تہٕ یہِ کیٚتھ مُشراوان زِ فنکارن ہنٛز زندگی بیٚہٕ ما آسہٕ
تِہندن ظاہری مجبوٗرین ہُندکانٛہہ تہٕ کانٛہہ اثر پیوان۔ یِمہٕ لُکھ چھِ ذاتی سوٗچن ترٛاوِن ہُندہ
میزان دِتھ پرٛتھ کانٛہہ کیٚتھ یہِ کھاوان۔ چنانچہ جرمنی ہُند مشہور فلسفی کانٹ تہٕ "ادراکات روحی"

(CONCEPTUALISM) نظریکہ پأروکار چھ کم کاسہ اختلافہٕ سان یوہے اصوٗل پَن پَننہٕ مقدورٕ موجوب دیٖژھہٕ ناوان یُس روحانی طرزِ فکر تھاوان وأتی تہٕ امہٕ فلسفکی پأروکار چھ پرٕتھ چیزس اندر فقط روح کہ ادلأگ اصول پأنہٕ ناوان ۔ اُہند عقیدٕ موجوب چھ اُسہِ فنکارن ہندٕ دوٚپنچ تہٕ تہندہ احساسٕچ سوٚدتھ ژھانڈنہٕ خأطر مجبور یُس تہنٛز جاندار زندگی رأہباہٕ تہٕ صوفیانہٕ زندگی لِنشہِ زیادٕ پہٕن اہمیت عطا کرِ ۔ کانٹ چھ "علم الانتقادس" (CRITICISM) پننہٕ تنقیدٕ چ بنیاد مانان یُس چھُہ ظاہر باطن تہٕ علم واخلاقس پانہٕ وأنی زلاونک بجرٕ بذاتِ خوٚد اکھ فن زانان ۔ یہٕ نظریہ پیش کرٕتھ چھُس پننہٕ نین تمام بحثن ہنٛز بنیاد عیسأئیتس پیٹھ امہٕ نظریُک ہشر مانان ۔

فنس منٛز خوبصورت تصوٗراتن، یمن ہنٛز نمائندگی مصوّری تہٕ موسیقی ہُند فن چھُ کران تہٕ اُتھ اندر حقیقتن ہُند بیان یُس اُبہ ادبس اندر لبنہٕ چھُ یوان سُہ چھُ اُمیک ٹاکارٕ ثبوت ۔

فن چھُنہٕ تہندِ عقیدٕ کنہٕ تفریحہٕ ورأے بیٚیہ کینہہ تہٕ ۔ امہٕ کنہٕ پیزٕ اسہٕ یہ کنھ نظرٕ تل تھاونی زِ فنکارن ہنٛز زندگی گژھہ آزاد تہٕ کینٛژن خصوصی احساساتن ہُند محور آسنہٕ ۔ (یُدوے کانٹ اکھ بے قیاس خیال کرنہٕ ورأے زوٗز نہ چھُنہٕ ہیکان) اکھ سلسلس منٛز چھُ سارِوے کھوہ تہٕ اہم لوٚ قطہ آزادی ہُند ۔ یُس اُمس فلسفی سندہٕ اخلأقی قاعدٕ موجوب فنکارٕ ہندِن جذباتن کنٹرول کران چھُ ۔

اُمِ سُند خیال چھُ زِ جذبات ـــ وُزِ ناوُن یا تِمن نیندر پاوُنی چھُ اختیٲری چیز اہ۔ مثلن فنکار ہیکہِ گاہے اَسہٕ تہٕ گاہے وَدِتھ تہٕ، شرارتھ تہٕ کٔرِتھ یا خاموش روٗزِتھ ــــــ تہٕ زن گو پننہِ نو تأثرالو کنی اگر کانہہ چیز لتس اندر کانہہ کیفیت پأدِ کرِ، سُہ ہیکہِ پننہِ نین احساساتن اندر تبدیلی محسوس کٔرِتھ۔ اُتھی چیزس ستی نفرت تہٕ کٔرِتھ نیتھ ستی امہِ بروٗنہہ دِل تہٕ آسہس لوگمُت۔ پوٗز کانٹ سُندِس نظریس ہیٚتک تعلق فنکارن ستی چھُ ہیکہِ تہٕ قبولِ عام سپدِتھ۔ [مصنف سُند خیال چھُ کانٹ سُندِس اَکھ نظریس خلاف، تسُند مطلب چھُ زِ احساسات چھِنہٕ یِکنتیٲری تہٕ انسانس تابیاہ۔ بلکہ تِہند تعلق چھُ زندگی ہندین بدلونین حالاتن ستی] امہِ موضوع کہِ اعتبارٕ سیٹھاہ لوٗزک تہٕ شرٕ نین مسلن ہُنز سام ہیٚتہٕ والین منٛزٕ چھُ سارِوے کھوتہٕ باصلاحیت شخص فرانسک اَکھ فلسفی ایچ ٹُن ( H. TUN 1828 — 1893 )۔ سُہ چھُنہٕ بیٚین فلسفیٛن ہندین فکری احساساتن ہُنز حاطہٕ بشری اندر شامل، بلکہِ چھُ پننین خیالن تِمن فلسفہٕ دانن ہندِ نظریہِ لِسہٕ ہینٛز وَتھ۔ یوٚن کدٕان یِمہٕ کانٹ سُندِ فلسفکی قایل تہٕ سپدِتھ بروٗنہہ دراے۔ یہِ چھُ فنکارن ہُنز درجہ بندی تِمی حسابہٕ کران یِمہٕ حساب تِمو فنس منٛزٕ ہینٛز جاے حأصل کٔر۔ اَمہِ باوجود لیوٗ سہٕ راے فنکارن ہندی احساسات بروٗنہہ کُن چھِ اَنان سو چھِ اَمہِ سُندِ اصوٗلہِ کنہ اَکھ

ہنج لوٚلِہ مِتہٕ لاے کران تہٕ سُہ چھُنہٕ اَتھ نظرِیَس ٹھوٚر بنان۔ ٹٔن (TUN) چھُ تموٚسارِ دِی ہم بیشہٕ لفٔرو منٛز فنکارن زیادٕ جان یا کھٹی جایِزٕ ہیوان۔ یمہٕ اَتھ مادانس منٛز دَس ٹلنَ وٲلی (موجد) مانہٕ چھِ یوان۔ یہ چھُ سُہ اِلنسان یُس فلسفہٕ ورأے فَنس اکھ کھوٚکھر بازی گر تماشہٕ تصوّر چھُ کران۔ سُہ چھُنہٕ امہٕ قسمِچ مبہم بُنیاد فنکارن ہندِ باپتھ مقرر کرنہٕ تہٕ بیٚین لُکَن ہندی پاٹھی اہنٛز زندگی ہنٛز سام ہیہٕ خاطر تتھ قریب گژھنہٕ لٕنشہ نکھ موٗران۔

فلسفہٕ دانن ہندین اَکھن عام عقیدن ہندِس بہٕ ہَس بیہٕ ہیکوہٕ اَسی ہندین شقہٕ خیالَن تام واتتھ (فن کارن ہندی تمہٕ خیال ہیکن نہٕ ژٕڈِ وٕنی کیتھاہ بُنتھ یمہٕ نہٕ اسہٕ فکرِ ترٛن) بیٚیہٕ تمہٕ طریقہٕ زیٖیلہٕ نہٕ یمہٕ سَہل سَہل دٕرینٛتھ نہٕ ین۔ تہٕ یَیلہٕ امہٕ مسلچ بنیاد اَتھ خلاف آسہٕ تہٕ یَیلہٕ نہٕ یموٚ منٛز کُنہٕ عقیدکی یا خیالکی تہہ مُژراونہٕ ین۔

چونکہ اَسہٕ چھُ ووذامہٕ مالہٕ کِس ژٕوکِس مُدرِس ستہٕ واسطہٕ اَسہٕ پَزِ یاد تھاوُن زِ فنکار تہٕ چھِ پَنہٕ بنس پانس بیٚین ہندی پاٹھی پٕرتھ کُنہٕ چیز کھوٚنہٕ تھٕز الوأرئ دِوان تہٕ اہنٛز زندگی تہٕ چھِ عام پاٹھی یموٚے خیالو مطٲبق آسان۔ فن کارٕ ییتھ فنس ستی تہٕ تعلق آسہٕ تھاوان تہٕ تھ۔ سُہ تہٕ چھُ پنہٕ دوہ دُش چہ زندگی منٛز پیش ینہٕ والین تقاضن ہند شکار۔ بلکہ چھُ اَمِ سُند تاثر اَتھ مُتعلق زیادے یہن شدید

بنان۔ تہٕ یمن ضرورتن ہُنٛد احساس چھُ اُمِس وُلہٕ منٛزن کھالان۔ تتھٕ اُمی شرِ زندگی ہُنٛد یُہَے شدید اِظہار چھُ لُکن ہُنٛد توجہ اُمِس کُن پھِرناونس منٛز واریاہ حدس تام کامیاب سپدان۔ یوٚتام موسیقی ہُنٛد تعلق چھُ۔ اَتھ سِلسلس منٛز چھِ احساسات زیادٕ ے صاف پأٹھۍ ظاہِر سپدان۔ یوٚزِ یمن لُکن ادبس سٟتۍ لوٗ ے کھوٚے آسہٕ بِمتہٕ چھُ زیادٕ بہِن شاعرٕ ستدین عشقیہٕ شعرن یا تِتھین ادب پارن ہُنٛد مطالعہ کران یمن منٛز دوٚکھن دادِن ہشِر لیسلہٕ وٕ وٚکھنے آسہٕ۔ یمن تخلیقن ہُنٛد مقصد چھُنہٕ زِ یمو کیا آسہٕ یَنُن عشق گموٗلُس لایق بنو وُمُت یا اَسکھ غزلہٕ ہُنٛد شاراہِ لیو کھُمُت نہٕ تصویراہ بنو وُمُت۔ بٔلکہِ یمن چیزن ہُنٛد بنیادی مقصد چھُ عام تہٕ دوہ دۄہُش چہ زندگی ہشِر واتشگأفی کرٕ نۍ۔ لُکھ چھِ فنکارٕ ہندِس عشقس مُتلق بدلہٕ سوچ تھاوان یمہٕ ساتہٕ کانٛہہ شخص حأفظ سِنٛزِ وُمشہور غزلو منٛزٕ فأل چھُ کڈان سُہ چھُ حأفظس گوڈٕ عشقُک قسم دِوان۔ بأقی لُکھ تہٕ یمہٕ نہٕ یمو سِنٛزن کِتابن منٛز فال چھِ وُچھان رُمتہٕ تہٕ چھِ یمن غزلن ہنٛدِ شوٚہرتہٕ تہٕ میچھرٕ کِنۍ یمہٕ غزلہٕ عمومن یِرٕ زأنِتھ تہٕ بوزنہٕ یِرٕھان زِ یہِ چھُ سوروے پوٚز زادٕ تِہُنٛز (شاعرٕ سُنٛز) زندگی منٛزٕ آسی تن اَمیُک وُجود یا منہٕ اُسی تن۔ یمہٕ شعر خأہ بیہتہٕ لایق آسی تن یا مَہٕ آسی تن۔ یمن منٛز چھِ پٔزی پأٹھۍ عام زندگی ہشِر مثالہٕ لبنہٕ یوان تہٕ امہٕ علاوٕ چھِ یمہٕ تخلیقہٕ بیان کرنہٕ سٟتۍ فنکارن ہشِر زندگی ہندی مسلہٕ تہٕ نیران تہٕ اَتھ چھُ موٗل ہُران۔

"سمفونی نا تمام شوبرٹ" نا وِچ یو سہ فلم ژٕنی ہن دوہن سینما ہالن منز ہاوٕنہٕ آیہٕ سو چھُ فنکارن ہندین عام احساساتن ٹھٕزراوان۔ اکھ فن کار چھُ لوکن ہنٛزِ زندگی ہنٛدی کُو پہ وِنٛنہٕ تہٕ دلچسپ موضوع تلاش کران تہٕ پہ بٔس فنس منز تہ ہمیٚہ ورتاوان۔ تکلیازِ کٲلنسہٕ تہٕ فنکارِ سٕنز زندگی ہندین حالاتن چھُنہٕ فقط تمی ہنٛزے زندگی سٕتی واٹھ آسان بلکہ چھُ بیٚین ہنٛدین حالاتن ہنٛد عکس کُنہٕ نہٕ کُنہٕ حدس تام اُتھ منز موجود آسان تہٕ یہ فنکار چھُ پننین احساساتن ہنٛدِ ذٔری یہٕ لُکن ہنٛزِ زندگی ہنٛز وہ کھنہٕ سٕہڈاہ رٕتی پٲٹھو کُرکھ ہیکان۔

زندگی ہنٛزن محرومین ہندِس نتیجس منز ییلہٕ باسپے لُکھ احساساتن ہنٛدی شکار گژھن فنکار ما چھہ مافوق الفطرت آسان۔ ہمیٚہ تہٕ چھہ اُتھی ڈرِس منز شٲمل۔ اُہنٛزِ زندگی منز چھُنہٕ کانٛہہ وِکھُت تہٕ عقلہٕ نِبر چیز آہ آسان یُتھ تہٕ اُہنٛزِ زندگی سٕتی واٹھ آسہ۔ پوٚز تہنٛدِ شدید تأثر موجوب چھہ اُسی النأذ جذبن ہندِس تتھ نتیجس بیہٹھ واتان یُس سانین نظرن منز ہمن عام عادلو لشہٕ تھزر چھہ بخشان یا نہ مافوق الفطرت ہیو چھہ بناوان۔ یہ اصول نظر تل تھاوِ کھٕ چھُ یہُے احساس کینٛژن فنکارن ہنٛدِ پیٚتھ زندگی ہنٛدین دوٚلابن اندر پینٛک ذمہ وار (اُتھ زمرس اندر چھہ فرانسکو شأعر ورلین VERLAINE تہٕ موسیٹ (MUSSET) یوان تہٕ فارسی شأعرو منز فردوسی تہٕ مسعود سعد) نہٕ تہٕ چھُ فنکارن

منز زندگی ہنٛز خرٲبی یا رٕزر اکھ ؤکھرٕ قسمُک احساس دوٚتلاوان۔ تٲریخ چھُ شٲہد
زِ مشہور موسیقار موزارٹس ( MOZART ) ییٚلہِ نہ بیٚنہٕ لٮ۪س فنس کانٛہہ خریدار بیٚٹھاو
تہٕ واریاہن ہمتن اِلسانن یمہِ تِنٛدِس فنی کمالس برٛونٛہہ کنہِ حقیر ٲسۍ۔ ییٚلہِ تمیٚ بیٚنہٕ کھوٚتہٕ
کھٔر جاپہِ ؤچھ تمس کیٚتھہٕ سنا تأثر گوٚژھ پٲدٕ گژھُن؟ تمہِ پتہٕ ییٚلہِ سُہ بددل گژھتھ
پریشان گژھان چھُ۔ پتہٕ کیٚنہٕ پٲٹھۍ گوٚرا کرِ فنکار زنانہٕ ٲمۍ سنٛزِ زندگی منٛز اکھ نوٚو
زُور بیٚتہٕ پٲدٕ۔ یہٕ ٲمۍ سٟے کنسٹانس ناوۍ زنانہِ ہندۍ ذٔسۍ سیدُس دِلی سکون حاصل۔
یُس حدہ روٗس لو لُٹ ٲمِس جوان فنکارس ٲمِس سٟتۍ اوس سُہ سیدٕ پزۍ پٲٹھۍ ٲمۍ سٟنٛدِ
خاطرٕ رُت ثابت تہٕ ٲمۍ زُکوو یہِ فن کار کردار تہٕ مُضر حالاتو لِنٛشہ۔ نتہٕ اوس ممکن زِ
ٲمِس جوان فنکارس واتِہے صدمہٕ تہٕ بیٚنہٕ جذبات ظاہر کرنس اندر سیدٕ رہے
ناکام۔ اما ووٗنی ہیوٚک سُہ دردناک موضوع کِہے پٲدٕ کٔرِتھ۔ یہِ واقعہٕ چھُنہٕ تیٚتھ
زِ لیُس نہٕ بیٚنہِ کانٛسہِ زندگی منٛز پیش آسہِ آمُت۔ روسوٗ (ROUSEAU) چھُ پننہٕ
"اعترافن" منٛز لیکھان زِ "میانس رُحس گیہِ ترٛہٕٹہِ کھوٚتہٕ تیز احساس سٟتۍ بلہٕ وَن۔
یہِ بخشِہے مےٚ نورامہِ بدلہٕ ترٛوولِس یہِ ٲمۍ زاٲلِتھ تہٕ کھوولنس ہےٚ وُلاہ کٔرِتھ۔"
کیٚنژن فنکارن ہٕندۍ فن چھُ، تمن قومن تہٕ مُلکن ہنٛز سماجی زندگی پیٹھ اکھ
رِقت انگیز عکس ترٛوومُت یمن مفلسی تہٕ ناداری نال اوس وولُمُت۔ تہٕ تمن اوس
تہٕ فن پیٚٹھ کھاوُنک تہٕ وُچھنُک مُلے کانٛہہ شعور۔ اِتھہٕ پٲٹھۍ چھِ یمو فنکارو مُفلسی تہٕ ناداری

اندر ہیئیہ آمتین ٹکن ہنٛدِ خاطرٕ عالمہٕ چھین نوین سوچن ترٛاین ہنٛدی برمرٕ راوِمتی۔
جرمنی ہنٛد نٹشے (NETZCHE) چھُ یہِ کتھ زاںنتھ وَنن یژھان زِ جینی
(GENIE) یانے پاداُشی فراستہٕ چھُ دراصل ٹکن وٕجود بخشان۔ یوٚزاتھ فراستس
منٛز گژھ النسانہٕ ہندین احساساتن ہنٛد اکھ عنصر ضرور شامل آسُن۔ اماکنہٕ چھ
یتھو احساسات تہٕ غلبہٕ کران یمہٕ النسانہٕ ہندِس شخصیتس منٛز جینیس (GENIUS)
آسنک جُزنا بوٚ دِرے چھ کران۔ تہٕ یدُوے فن کارینہٕ فنکی کینہہ نشانات
یتھ کُن تراوِتھ چھ ہیکان امایہ گژھ تہٕ رانٛن زِ یہِ کام کرنہٕ خاطرٕ چھ تمہٕ کامہٕ
ہنٛز تحریکہٕ منٛز صرف تیکنیک تہٕ احساسے یاتی کافی بلکہ چھُ اکھ منٛز مناسب
موقہٕ محل آسنک تہٕ دخل۔ یتھو حالات تہٕ چھ یتھ زندگی منٛز نٔتہٕ یوان یمہٕ پژھ
قسمہٕ کین ہینہٕ والین حالاتن ہنٛدی پیش خیمہٕ آسان چھ۔ تہٕ کینہہ مولوسی تہٕ پریشانی تہٕ
چھ اِہندِس قابلیتس تہٕ تخلیقی قوتس منٛز وہ تلان یمہٕ اعلیٰ فنکارن اندر پاد چھ
ہیدان۔ اِتھس موقس پیٹھ چھ فنکار تہٕ بیین ٹکن ہنٛدی پاٹھو زندگی ہنٛز تلخی محسوس
کرِان تہٕ اکھ منٛز یُس لذت یا لاب دِ ریٹھ بیکھ یا تمیٚک توقع آسکھ
نہٕ چھ نوٚن کڈان۔ وَنہٕ چھُ یوان زِ "پوشس تہٕ سبزار چھ امہٕ کنہٕ ضروری یتھ
شاعرٕ یہٕ پہ تہٕ شعر دنہٕ۔" وہ زِ اگر یہِ کتھ عام مقصد بایتھ وَلو تہٕ سارِنے ہنٛدِ
(شاعرن) خاطرٕ ورتاوٕ تیلہِ چھ یہِ فقط وَنہٕ چی کتھ۔ پوشس تہٕ سبزار چھ امہٕ

خاطرِ زاۓ کٕ شاعرن چھُ پنُن پان اکھ منز آوُرمُت آسان مےٚ چھِنہٕ پہ کتھ بیٚہان زِ یُد وَے اکھ مصوّرنہٕ پننِس ٹاکٕٹس معشوقس نکھہٕ واتہِ سُہ کیاہ کرِ اکھ موقس مطابق کنھاہ باکھاہ کرنہٕ بدل لیٚتھنہٕ اکھ خوبصورت شبیہہ تیار ییٚتھ زن سُہ پنُن شوق اوک طرف ترأوِتھ پننِس فنس کھژٕ اَنہٕ واٲرِ دِیہ۔ سارِوے برٛونٛہہ گو پنُن پان مےٚ چھُ سُہ ملاقات یاد یُس مےٚ اکِس لٕٹہ اَکِس دوستس ستی کوٚر۔ سُہ اوس سیٹھاہ دُورِ بیٚیٛھ میوٚن گام آمُت۔ اَسی اَسی دوٚشوے اکِہ وادی ہندِس بالہٕ تھوٚنگس پیٚیٹھ جنگلی صنوبر کُلِہ کِس ہوٚکھی ہیتِس گوٚڈس پیٚیٹھ بِہتھ۔ دُور تام واش کڑِتھ جنگُل تہٕ اَچھن شینہجار پاوَن واٲلی گاسہٕ ماٚدان اَسی مستی اَنان۔ میأنہِ دوستن پُرژھ مےٚ "یِمہٕ کاہنہ نوٚو چیز ژےٚ لیوٚکھمُت؟" مےٚ دیُتُس جواب "گوڈٕ پیٚزی ژے یہ وُچھُن زِ یہ کمن نظارن چھُس سینامُت۔ مےٚ چھُ یتھ اَندیٚکِس نظارس منز وُنکِین پنن فن مُشتھٕے گومُت۔ یہ چھُس وُڈُ ونن جاناوارن ہندی پاٹھی پننہٕ تَن آیہ پھلان تہٕ جنگلی جاناوارن ہند آیہ سوژان" تہٕ ییٚلہٕ سُہ اَکِس ہاپتہٕ سِندِ شکارِچ خبر پرِلُس کُن میٚوٚن توجہ پھیران اوس یہ اوسُس پننہٕ زندگی بدلے تہٕ پیٹھ لاگنہٕ چہ فِکرِ اندر۔ تہٕ یہ اوسُس نہٕ یمن بالن تہٕ وَنن سنِنہٕ ورگے بیٚنیہ کنہٕ چیزس سنُن یژھان تہٕ نہٕ اوسُس امہٕ نمبر کنہٕ چیزس مُتلق سوچنے ہیکان۔

یہوے حال چھُ النسانس ہتہٕ وزِ گرٛزھان ییٚلہٕ تمس زندگی ہنٛز سختی تہٕ کرٛیچھر نال چھِ ولان۔ اَتھ کُن وُچھتھ ہیکو نہٕ یہ وَنِتھ زِ ییٚلہٕ اکس لکھارِس یا شاعرس پننہٕ زندگی منٛز کانٛہہ کرٛیوٗٹھ مُنزراہ بُتھہِ یوان چھُ سُہ چھُ پننس اَتھ سُہلایہِ زدحالس ییٚہہٕ کانٛہہ داستاناہ یا شاراہ تخلیق کران۔ یہ سُہلاب چھُنہٕ شاید کانٛہہ بُتھہِ لاگے کرٛنہِ زیرٛھان تہٕ اَمس لکھارِس پننہِ باپتھ چھُ فراغت پاٚدٕ کران۔ یِتھہٕ سُہ پننس فنس منٛز ہُرہ برکرنہٕ خاطر ورتاو۔ اگر کُنہٕ ساتہٕ کانٛہہ فن کار پننہٕ مُفلسی کِنہِ مجبور گرٛزھتھ زاٚنتھ ماٚنتھ پننین فن پارن ہنٛز سودابازی کرٛس چھِ الگ کتھ۔ پوٗزٕ امہٕ قسمکیو سوٗنچھتھ سمجھتھ تہٕ زور زارٕ بارسس ییٚنہٕ واجِ فنی نموٗنہٕ چھِنہٕ زانٛہہ تہٕ یادگار آسنہٕ لایق بنان۔ تہٕ یمہٕ چیٖز چھُ اَہندی شاہکار ماننہٕ لِنشہٕ بدون۔ یہ چھُ اَکھ باپار تہٕ ضروری چھُنہٕ زِ یہ کیاہ آسہ کُنہٕ تقدسِس رونٛتس لایق تھوٚد درجہ چھُ۔ ہتہٕ ینِ چیٖزن حاصل سپدان یمن منٛز کانٛہہ لوٗبراسہ۔ اِتھی تخلیق کارٕ یمہٕ اَسہٕ اَندی گِکھی نظر۔ چھِ گرٛزھان تمن چھُنہٕ پانس تہٕ خبر آسان زِ تمن کیاہ چھُ تخلیق کرُنک اراد۔ مگر ہتہٕ چھِ احساس ہندِس یادٕ ووٚنٛزس یا یمن چیٖزن ہندی لوکٹو موکٹو تجرٛ یمہٕ تحتُ شعورس اندر وۄتلان چھِہ، تمنے ہنا واش کڈان تہٕ پننین خیالن ترتیب دِتھ چھِ کانٛہہ فن پارٕ بناوان ییٚتھے ساری چیٖز جمع گے تمن چھُ ہنا تحریک دِنچ ضرورتھ یوان۔ اگر حاجت باسکھ ہتہٕ چھِ پننہٕ یادٕ ووٚنٛز

کینہ ٹینن دفترن ونی دِتھ لو کیڈ مو کیڈ جُز سوٚمبرِتھ ہیکان۔ اُتھ کامہِ منز یہ
چھ سونچس کاٗم ہینٛز پیوان۔ یہ چھُ پوٚز زِ سونچس چھ اَکھ بیوٚن زندگی
آسان۔ یہ سونچن ہُند کھُر رِتہ۔ ہمہ تقاضہ یمہ سونچن ترایِن بارسس انان چھ
ہمہ چھینہ احساساتن ہندِ پایہ آسان۔

یمہ ساتہ برکلے (BERKLEY) ییتھ نتیجس پیٹھ ووت زِ کانٛہہ چیز آ ہ
چھُنہ تیتھ یمیک نہ ادراک کرنہ ییہِ (ادراک کرُن وول چھُ ژ کہ رُح آسان یعنے
جاندار) یا ڈیکارٹ (DEKART) چھُ "وسعتِ فکر" یا سونچن ہندِس وسعتس
مُتلق کینہہ دلیلہِ دِوان۔ ییتھے پاٹھۍ باقے فلسفی مثلن مُلّا صدرا چھُ ووٚجودِکِس
اَصلس مُتلق (ووٚجود چھُ وسیع تہ یہ چھُنہ کُنہ چیزُک حصہ یا جُز) ونان زِ کانٛہہ
تہ چھِنہ احساسن ہندِن دوٚکھن تہ پراکندِ۔ گیِن ستی بُتھی لاگے یتھ ہان پوٚز یہ مسلہ
چھُ تحقیقات طلب زہ کیتہ پاٹھی؟ یہ مسلہ سمجُن چھُنہ فنس تہ ہمہ کینہ علامژن منز
کانٛہہ مُشکل پاد کران۔ فنکارن ہندی حالات چھ سونچن ترایہ پرکھاولس منز
مدد دِوان یمن زندگی ستی واٹھ چھُ۔ لوٚتام ہیکہ نہ کانٛہہ انسان فن کار ٹینتھ
یوٚتام نہ سُہ کُنہ چیزہ ستی متاثر گژھہ تہ لتندِس ذہنس وُلتش لگہ یوٚتام نہ لتندِس
مَنس منز کانٛہہ جذبہ ووٚتلہ۔ یمہ وِزِ یہ کیفیت لس اندر پاد سپدِ تیلی ہیکہ سُہ
کانٛہہ جان تہ موٚلُل فن پارِ تخلیق کٔرِتھ۔ یا موسیقی ہنز کانٛہہ لوٚلُنڈاہ ترتیب

دِتھ یا ہیکہ پننہٕ مُصوری ہُنٛد کانٛہہ شاہکار پیش کٔرِتھ۔ افنکاری ہُنٛد چھُنہٕ کانٛہہ
تیٚنٛتھ نمونہ بدس یُسہٕ نقل یا تقلیدی آسہٕ سببہٕ کِنہٕ کانٛہہ کٲلی گال کھالِتھ گرٛھن
وول آسہِ۔ اما سُہ یٕس پننہٕ نے منہٕ منٛزٕ وۄتلہِ۔ امہِ باوٕ جوٗد چھ
کیٚنہہ ادیب تہٕ شاعر کیٚنہہ بےٚ موقہٕ تہٕ بےٚ مزٕ چیزٕ تہٕ لُوکن برٛونٛہہ
کُن ترٛاوان۔ تہٕ پننہٕ کامہِ ستی چھکھ یہٕ لے آسان اَتھ سلسلس منٛز دِمو
اُسی یتھ کنہٕ بھیرٕ زِہاوِ باوس لارِ تہٕ پنٕنہ ناو نیٚشہٕ ناوٕنک طمع تھاون
وٲلی لُکھ چھنہٕ تیٚنٛتھ کانٛہہ چیز تخلیق ہیکان کٔرِتھ یُس کانٛہہ مقصد پوٗرٕ کرِ ہے۔
یِمہٕ لُکھ چھنہٕ پنٕنہ اَوٛندٕ پوک وُچھتھ یِمن حالاتن مُتعلق پوٗرٕ پأٹھی غور کران۔ یِلہٕ کِہ
چھِ یِتھ زندگی منٛز لذت پرستی ہِندی قٲیِل آسان۔ ہاوٕ باوٕ تہٕ تھکنس منٛزٕ تہٕ
چھُ یِمن لوکن پننٕ ثرٛ حھوٗ ثرٛ ھ تہٕ اوٛثرٛ ھ ہاوس کیٚنہہ کرٕنٛج کل کڈان۔
یہٕ چھُ اکھ وجہ زِ یتھی فنکار چھنہٕ ہمیشہٕ لُکن برٛونٛہہ کُن قٲبِل قدر شاہکار اَنِتھ
ہیکان۔ یہِ تہٕ پزٕ نظرِ تل تھاوُن زِ فنکارن ہنٛزٕ زندگی اندر چھِ عام لُوکن ہِندی
پأٹھی تِتھی موقہٕ تہٕ یِوان یِلہِ اَہِنٛدی جذبات تسلی چھِ لبان۔ یا چھُ تِہنٛد ذہن
تھکان۔ یِتھین موقن بیٚیٹھ تہٕ چھِ یِمن منٛزٕ ہِنگہٕ منگہٕ اکھ تحریکاہ ہِش ووتلان
یوٗزٕ تِمن منٛزٕ چھُنہٕ تیوٗتاہ بتٕ آسان زِ پننہٕ ذہنی کیفیت ہیکہٕ ہُن ثنٕ راوِتھ۔ اوہِ کنہٕ
چھِ اَہِندی فن پارٕ دِراونی قسمکۍ باسان۔ تکیازِ تِمن اندر چھُنہٕ کُنہٕ چیزس مُتعلق کانٛہہ احساس

جذب آسان سپدٕ مت ۔ اندر شروٗ ہرأ وتھ تہٕ پننہٕ نوٗ
عادتَو مطأبق یُس چیز رٕتہٕ وُچھان چھ تِتھ چھ یمہٕ پلھ پأٹھؠ نظر آہ کران تہٕ
بیہِ طور پأٹھؠ نٔو رأوِتھ بےٚ، ہوٗدہٕ طریقس منٛز ورتاوٕس انان ۔ کینٛہہ فنکار چھ
کمزوری تجربہٕ تہٕ جسمأنی صلأحیت کم گژھنہٕ کِنۍ نمایندٕ ادب پایہٕ تخلیق کرنس منٛز ناکام روزان مگر یہٕ ہیکیہٕ نہٕ
تہٕندِس پتہٕ تھ کنہٕ تخلیقس متعلق ونُنہٕ یِتھ یانے یمہٕ چھ کُنہٕ وِزِ کینٛژن وباطنی قوتو کِنۍ یمہٕ کامہٕ انجام تہٕ ہیکان دِتھ ۔

مجموعی طور چھ فنکارو پننٛز بہترین نمونہٕ پننہٕ لُس مَنہٕ سُدرس اندر ڈُنگ دِتھ
تخلیق کرٕمتۍ ۔ خاص کرٕ ہیکن یِتھۍ چیز دلیلن تہٕ قصیدن اندر دٔرِ ہنٛتھ یِتھ ۔ ادیب
چھ پننہٕ کُنہٕ مضمونکۍ سأری حصہٕ یمہٕ آیہٕ تخلیق کران یُتھ زنہٕ کھوچہٕ کھأنٛی وزہ اکے
ترٛایہ ثأبت سپدٔن ۔ أسی اگر فردوسی ہنٛدِس کُلہم "شہنامس" اندر کینٛہہ حصہٕ ترٛأوِتھ
تہٕ کڈو یمہٕ تہٕ آسن نہٕ پرٛتھ رنگہٕ اکے ترٛایہ ۔ تِکیازِ شأعر چھُ دلیلہٕ ہُنٛد کانٛہہ
حصہٕ لیکھن وزِ زیادٕ ے یُہن تِتھ کامہٕ ستۍ ذہنی تہٕ شعوری طور پیوستہٕ آسان ۔
حتیٰ کہ تھیٹر تہٕ سینما اداکار تہٕ چھِ پننہٕ امہٕ لنٛشہٕ مُچھ ۔ یُدوٕ ے زن یم برٛونٛہہ کُنہٕ چیز چ
مشق کرِتھ کینٛہہ اصول زیرِ نظر تہٕ تھاوان چھ ۔ پننہٕ نہٕ احساسہٕ باوجود چھ یمہٕ
پننہٕ اداکأری بنافِسنگار کرِتھ اثردار بناوان ۔ اگر تِتھ کھیلہٕ یا ڈرامہٕ ہٕنس منٛز یمن
کانٛہہ مشکل پیش پیہٕ تہٕ پوز یمہٕ جذبات اَتھ منٛز پیش کرنہٕ چھ یوان یمن ہُند
حَظ چھ أسی ضرور تُلان ۔ وَنِہٕ چھُ یوان زہ جینیس (GENIUS) کیازِ چھُنہٕ

پڑھتھ حالس منز ہوی آسان ۔ اِشارٕ چھُ یُتھ کنہِ کُن زِ فنکارن ہنٛز کامہٕ ہُند موضوع گرٛزھ لوٚب منظرس سام ہیٚتھ پرکھاوُن یُن یُتھ سوالس زِ ژٕنی (GENIE) کیازِ چھینہٕ ہوی آسان ۔ اَمیُک جواب چھُ یِی زِ یہ کیازہٕ سنا گرٛزھ ہوٚے آسُن؟ امیُک تجزیہ کرنہٕ خاطر چھ اَسی فن کارن ہندین احساسن ہنٛدِ کاٚم کرنکہٕ قوّتہٕ لِنشہٕ فاضل لبان ۔ فن کار چھ شاید بمہٕ حاٚری سات زیادٕے پٔہن محسوس کران یِمہٕ زندگی منز بیٚین لُکن ہنٛدی یا کھُٹ بمن بُتھ چھ پوان ۔ تہٕ یِمنے جذباتن چھ بینہٕ لنس فنس منز ورتاوتھ پننہٕ تخلیقی لکن بڑوٚ ہنہٕ کنہٕ ہتھ کنی بیش کران ۔ باسان چھُ زِ یِمہٕ چھ اَزنے دہ کھہ لدتہٕ لول تہٕ شفقتچ بلہٕ وَن ہیتھ دُنیہس آمتی ۔ یہ نظریہ چھُ فلسفہٕ دانن ہُنٛد تہٕ تہٕ عالمن ہندس نظریس ستی تہٕ ہیٚکوس واٹھ دِتھ ۔ یہ پٔیٚیہ مانُن زِ فلسفہٕ دانے چھ ہیکان علمہٕ کہٕ زورٕ یا فلسفہٕ کہٕ قوتچ دلیل دِتھ تہٕ مانہٕ راوِتھ ۔ تِہُند ونُن چھُ زِ زُود رنج تہٕ حسّاس لُکھ چھ جسمانی بیمارین تہٕ نارن ہنٛزن کمزورین ہنٛدی شکار آسان ۔ یا چھ یِمہٕ سارٕ یے جسمانی خامی یہ زبنہٕ دہ ہیہٕ بیٚیٹھ بمن لارِ آسان بٔلکہٕ چھ کُنہٕ کُنہٕ یِمہٕ مرض بمہٕ پننہٕ نین بزرگن (اسلافن) لِنشہٕ وراثتس منز لبان ۔ بزرگو یہ زِ فنی خوبصورتی ہنٛز بنیاد یوسہٕ غزلہٕ کین بہترین شعرن یا رُومانی دلیلن یا کنہٕ تِتھ چیزس اندریوسہٕ النالنس فوق الفطرت آسنک احساس دِیہ چھینہٕ حسّاس آسنکہٕ نتیجہٕ ورأے کینٛہہ ۔ ووہٕ زِ اگر یمہٕ

علمٕ علمہٕ چہٕ ترقی لبنہٕ بیوٚن کڈٕنہٕ ین ۔ فن کار گژھن جان تہٕ رٕتی نمونہٕ پیش کرنہٕ لبنہٕ ازکارٕ ے ۔

۱ دٕیان چھ زِ جسمانی قابلیژ تہٕ بناوٹہٕ کِنۍ بیوٚن بیوٚن آسنہٕ سببہٕ یہٕ کینژہا امنگ حاصل آسہِ سُہ چھُ ہوٚ ے اُسہٕ تہٕ مختلف آسان ۔ یِمہٕ کنٕز کینہہ لُکھ عاشق پیشہٕ (الولہٕ مُتی) تہٕ متاثرٕ چھ آسان ۔ بیٚیہٕ اکہِ خیالہٕ موجوب یِمہٕ احساسکی جُزٕ تہٕ عنصر بیوٚن بیوٚن النسانن منٕز موجود چھ آسان یِمہٕ چھنہٕ تہنٕدِ اثرٕ کنٕز بلی کہِ اخلاقی بنیادکہٕ سببہٕ ژلبھ آسان یِہنٕد کنٕز چھ عالم اعصابی توٚلتس ، حساس آسنس تہٕ زود رنجی سارِنے مسلن ہنٕز بنیاد مانان پوٚزٕ یمو دلیلو منٕز چھنہٕ اکھ تہٕ یہٕ نیٚاے اُثرزاونہٕ باپتھ مکمل باسان ۔ یِمہٕ دلیلہٕ چھنہٕ اَمہٕ مسلچ پوٗرٕ وٕژھنے کران تہٕ یمو منٕز چھُ پٕرکھ کانٕہہ غارٕ واضح نوقطٕ اَسہٕ برٕونٕہہ کنٕ لِوان ۔ یِہنٕد پاٹھو اُکہ شُری ہیکو کھ فریب دِتھ ژھوٚپہ کرناوِتھ تہٕ یمن ہیکو رَژِھ کھنٕجہ لُتلاہ دِتھ ۔

اَما دانشورن ہِمند مطلب گژھ یِہنٕد فریبہٕ لبنہٕ آزاد آسُن ۔ یہٕ کتھ چھ یاد تھاوِنٕی زِ یَژر تہٕ سادگی چھ فردن منٕز رٕتی جذبہٕ تہٕ رٕ اخلاق ووتلاوان ۔ اَسہِ منٕز گژھن اَمہِ باپتھ بیٚیہ کینہہ احساس تہٕ إٓسنہٕ اِدٕ ہیکہِ سانہ اخلاقی درجو مطابق سوٗن رٕژر تہٕ تجبر ظاہر سپدِتھ ۔

یہٕ عقیدٕ زِ فنکار کیا چھ دُنیہس منٕز غم تہٕ دوٚکھ یِہنٕد لِوان تہٕ یمے یِہنٕد لور

تہٕ گژھان۔ گو تا ثراتن تہٕ احساسن بانہٕ دٕ آذٕ رٕل گرٕ کرٕن یمہٕ
ستی تِتھی خیالات چھِ وٕتلان یمن ہٕنز شعر کِین لوٗ بہٕ وٕنِنن خیالن ستی کٔنہٕ
قسمہٕ تہٕ واٹھ چھِ آسان۔

جِنیاتُک لب لباب یُس قدیم دأنشور واخلأقی حد بندین ہٕنز غلام اوس بنوومُت
چھُ ورٔایٖڈٕن پننہٕ علمی کمالہٕ ورٕژھ لوٗومُت۔ یِیلہٕ یہٕ چیز السائنس اندر پورٕ
پأٹھۍ دأخل چھُ سپدان تمس چھُ۔ بیہوٗ شک ہنوٗ ہوان ہٕ سُہ چھُ سوچان زِ
تمۍ چھِ ترٕژھ کمقاہ ڈٕری یاف کرٕمژٕ یہتھ کُن بہٕ ونیشتام کأنسہٕ اکس ظوٗنٕ اوس۔
سُہ چھُ پننہٕ سوچن ترایہٕ کنۍ پرٕ کتھ چیزس جِنیاتس ستی واٹھ دِوان۔ یتھہٕ پأٹھۍ
چھُ سُہ اکہٕ طریقہٕ بنہٕ کنۍ کیشرٕن شکلن بیتھ قوبوٗل بان۔ اُمی سٕندی تحریر چھِ صرف اُمی سُند ذأتی
نظریہ ورٕژھ ناوان۔ اما اکھ چھُ ہٕ تتھ حقیقتس ستی کانہٕ تہٕ واٹھ یوسہٕ امہٕ ہٕبر
تہٕ موجود چھ۔ یتھہٕ پأٹھۍ زٕن سانوٗ عأرفو، دأنش ؤرؤ تہٕ یتھۍ وِے لوکو سٕر چھُ کوٗرمُت
اُسی چھِ اہند لو لو تحریرو ستی اکھ نتیجس بیہٕ واتان زِ یہ چھُ سوٗرے
جِنیاتُک موضوع تہٕ برٕژھ صورتہٕ چھُ اکھ بیہوٗ معنہٕ۔ یمہٕ کنۍ یہ جسمانی یا ظأہری
دُنیاہ پأدٕ سپد۔ یہ کتھ مُشرأوِتھ زِ یہ چھُ اکس السائنس جسمأنی تہٕ روحأنی فأیدٕ دوان
مگر شرط چھُ یہ زِ تمۍ سُند سوچ گرٕژھ پاک آسُن۔ دأنش مند یا عأرفو چھُ اکھ مثنوی نگار

جلال الدین بلخی (رومیؒ) ۔ امس برونٹھ چھہ اکھ موضوعس پیٹھ عطارؒ تہٕ سنائیؒ تہٕ
صوفیانہٕ اندازس منز لیکھتھ گٲمتہٕ ۔ اتھے پٲٹھۍ چھہ وحشی کرمانی تہٕ بٮ۪یہ کینٛہہ شاعر
(یمہٕ عشقہٕ داستانہٕ لیکھنس منز ناماوار چھہ) نظامی گنجوی اوک طرف ترٲوِتھ ۔ تمہٕ
"لیلیٰ مجنون" مثنوی اندر النسائی مُر بدل فرشتن تہٕ پرٛیٚن ہندۍ کردار پیش کرِمتہٕ
چھہ ۔ تکیازِ اکھ عشقس چھُنہٕ جنسیاتس سٟتۍ کانٛہہ تعلق ۔ نظامی چھُ فرماوان ؎

ایں عشق حقیقی و عرض نیست

آلودہ بشہوت و غرض نیست

شاید چھُ سانہٕ مفکرو دُنیائی تعلق زیادٕ یہن عمر خیامس حوالہٕ کورُمت یُس
نٔنۍ پٲٹھۍ عشقےٚ زندگی ہنز تأبیر چھُ مانان (شاید چھُ مصنف سُند اشارٕ یتھ
شارس کُن یُس تہنٛدِ خیالہٕ خیامس کُن منسوب چھُ ؎

ای آنکہ خبر نداری از عالم عشق

ایں نکتہ بداں کہ زندگانی عشق است

فرائیڈ ہندی پٲٹھۍ چھہ یمو مفکرو بیون بیون طریقہٕ ورتاوِتھ یمہٕ کتھہٕ ہندِس انجامس
متعلق غور کورُمت تہٕ ظاہری شرطہٕ شروطے زیر نظر تھاوی متہٕ ۔ یُس تہٕ تہندۍ کتھ
قابلِ توجہ اوس تہٕ یمو تہٕ چھہ یمہٕ چیز مبہم پٲٹھۍ پرکھاوی متہٕ ۔ وۄنہٕ ننک مطلب چھُ
تہٕ فرائیڈن چھُ کینشہ ہاہ بوعلی ہندی پٲٹھۍ یہ موضوع تحقیقاتہٕ کس اندس واتنوومت

تہٕ ائیک نیب لبنچ کوٗشش کرٕ تہٕ یہ لوٗکتہٕ چھُن ہینہٕ یکہٕ زاٗنی کاٗری موجوب
ویٔژھ لوٗ ومُت۔ امہٕ زاٗنی کاٗری ہندین اشارن ہنٛز بنیاد تہٕ امیُک پے پتاہ
(تحقیقات) حاصل سپدنہٕ ینٛہٕ تہٕ ہیکو نہٕ وٕنتھ زِ تمی کیاہ چھُ یمہٕ چیز بیان کرتھ
پوٗرٕ حق اداکوٗر مُت۔ تکیازِ تمی چھنہٕ علمی فاٗصلہ کرن واٗلی (قاضی) ہندی پاٗٹھی فاٗصلہٕ دِتھ
السانہٕ ہنٛدِ جنسیاتچہٕ بربہٕ کھاٗسی ہُند ٹلے کاٗنہہ خیال کھوٗ ومُت ٹلرکہٕ لتِند تشخیص
چھُ یہ زیِٕژھ راے گیہٕ یٔزرس انکار کرنس برابر۔ اگر اُمی ہندی خیالات صحی تہٕ بجا مالوٗ
پوٗز یہ کیتھ تہٕ چھ نظرتل تھاونی زِ سہٕ چھُ ہناحدہ ڈوٗلمُت تہٕ لسنہٕ سیوٗدُے پوٗکمُت
تہٕ کنہٕ شہفہٕ نہٕجس بیبھٹھ چھُینہٕ ووتمُت۔ یمہٕ کنہٕ سہٕ صحی تجزیچ بنیاد ترٛاونس منٛز
ناکام سپُد۔ تمی چھُ اسہٕ بڑوٕنہہ کُن فقط تیٚتھٕ فلسفہٕ اوٗنمُت یُس جرمن فلسفی
شیلنگ (SCHELLING) [ یمُو کانٹ سُند (TRANSENDENTED) نظریہ
ورلتوٗ ومُت چھُ] ہندین خیالن ستی ہشر چھُ تھاوان۔ تہٕ چھُس فلسفی ہیگل
(G.W.HEGEL) ہندِ نظریک رنگ روٗٹمُت۔ تکیازِ یمُو دوٕ نوٚوی فلسفیو چھُ اُسی
حاٗراٗنی ہندِس شٔنس سُدٕرس منٛز ترٛاوی متہٕ۔ یُتہٕ چھُ اُسی بنیہٕ وُچھان زِ
اُسی چھُ امہٕ کتھہٕ ہندی محتاج زِ اُسی لبہٕ ہوٗ ینٛہٕ لاعلمی نیبر کن کاٗنہہ وٕنظاہ۔ گوڈٕنکس
فلسفی ہندِ عقیدہٕ موجوب چھُ فنکارن ہندی رٕتہٕ جذبات۔ یمن ہنٛز کاٗم شعورکہٕ
ذٔری یہ علم الجمالس
(INTUITION AESTHETIQUE) تام واتُن

چھُ یہٕ چھُ مُطلق شُعورس تام واتنک تخیّل ۔ یہِ چھُ اہمیت یہٕ مقدار شعورس تہٕ لاشعورس
درمیان واقع چھُ ۔ دوٚیمِس فلسفی سِندِ عقیدٕ موجوب یُس فن کارن خاص کر موسیقی
دانن ہندی احساسات پورٕ پاٹھۍ باطنی (SUBJECTIVE) زانان چھُ ۔ تتہٕ چھُ
اُسہِ شیلنگ تہٕ کانٹ ہندی اور لور کڑی متھواو صولو ور آسے کینہہ تہٕ پلہِ ہیوان ۔
پوٚز کانٹ چھُ اکھ سُپر نیچرل (فوق الفطرت) زانان تہٕ اُمس چھُنہٕ جمالیاتس منز
کانہہ مقصداہ لبنہٕ لوان ییلہِ زن شیلنگ مانان چھُ زِ یہ چھُ النسانی فطرتس منز
شامِل تہٕ بیاکھ چھُ ونان زِ یہ چھُ اِلنسانہٕ ہنز ترقی کر و ینہٕ تہٕ بڈٕ و ینہٕ عقلہٕ ہُند نتیجہ ۔
اِتھے پاٹھۍ چھُ اُسی امہِ نظریہ کنی بیس دانشمندن ہُند عقیدٕ مانِنس پیٹھ اتفاق
کران یہٕ بیاکھ دانشمند یعنی فرائیڈ چھُ باقے فلسفین ہندین خیالاتن مادی صورت
دِوان ۔ اُمی سندِس تہٕ بیٚین کینژن فلسفین ہندِس نظریُس چھُ یہٕ بنیادی فرق زِ یہ
چھُ اِلنسانہٕ ہندِ وجوٗدُک سبب فقط (MATTER) یا مادٕ مانان تہٕ امہٕ نیبر چھُنہٕ تیران ۔
(ییتھ زِ ینہٕ ہیگل سُند نظریہ چھُ) امہِ کنی ہیکو اُسی اُمی سِندِ خیالہٕ موجوب
فنکارن ہندین احساساتن اہنز زندگی ہندِس حالس ستی واٹھ دِتھ تہٕ یہے کتھ
مدِ نظر تھاوِتھ ہیکو اُسی اکہِ لحاظٕ اکھ پیٹھ غور کرِتھ تہٕ جنسیاتس ہیکو کانہہ
مُوقعت دِتھ ۔ امہ النسانی کارکردگی ہُند کانہہ خاص تجرباہ چھُنہٕ یہٕ کتھ تہٕ نکتہ
سمجاونہٕ باپتھ کرنہٕ آمت ۔ پتاہ چھُنہٕ زِ یُدوے اُسی یہٕ زانُن یژھو زِ موسیقارس یا

شائرس منز کُس ٹاکارٕ چیز چھُ سُہ یمہٕ سیتؠ لس اندر احساس چھُ ووتلان
تہٕ ییمہٕ احساس کیتھہ عملہٕ تحت چھہ لگنہٕ یِوان تہٕ یہ پرکھاونک کُس طریقہٕ چھُ؟ اَسہٕ
کیاہ پزٕ کرُن تہندِ خیالہٕ چھُ انسان اکھ مستقل وجود تھاوان مطلب چھُ یہ زِ اگر
سُہ کانہہ کام کرِ سُہ چھُ جسمانی تہٕ ذہنی طورٕ اتھ سیتؠ آوُر روزان۔

یہ نظریہ تھاون والیو مفکرو منزٕ یمہٕ وتہٕ ہاو کھ سارِوے کھوتہٕ سرس چھ تمو
منزٕ چھُ کانٹ، یُس پننہٕ انتقادی نظریہ مو کھ امہٕ فلسفُک خلاصہ بیان چھُ کران۔
لس، ہیکوا سہ تریو منزہ اکھ سوال یہ کرِتھ زِ "اَسہٕ کیاہ پزٕ یژھن؟" امہٕ سوالکس
جوابس منز چھُ سُہ جمالیات (AESTHETIQUE) ویژھہٕ ناوان یتہٕ بیٚیہ
چھُ پننہٕ نظریہ کنؠ فقط فن، جمالیات تہٕ اتھ سیتؠ واٹھ تھاون واٲلہٕ چیز بیان کران۔
امہٕ تنقیدٕ موجوٗب یِیلہٕ آرزو تہٕ اُمید انسانہٕ پننِن خاہشن سیتؠ راان چھہ تمہٕ
وِزِ یمہٕ مشکلات تہٕ کھڑٕ زندگی منز بُتھہٕ ین تمن پزٕ واپرُن۔

اُمس مفکرن سند فلسفہٕ تہٕ چھُ پننہٕ بیٚین "عقلی تجربہ" کِہن مانن والین لگہٕ بیوٗن۔
سُہ چھُ مابعد الطبیعۃ ورأے یژھہ کانہہ چیز تو لوکُرِتھ پننہٕ مرضی تہٕ ارادٕ
مطابق استعمال کران۔ یہ چھُ اکھ ٹُکھ کتھا زِ انسان چھُ پانے یژھہ چیزن
سبب ساز تہٕ ترتیب دِنہٕ ووِل لبنہٕ یِوان۔ کتھ چھُ یہ زِ یمہٕ دورٕ کیٚو کینٛژٕ مفکرو
گُر سائنسی علمن ہنزٕ ترقی ہندِس نتیجس منز بنیادی شرط سائنسہٕ منز یہ زانہٕ

ورأٹے حأصل ۔ وں چھُ سوال زامہٕ علمکۍ زیادٕ وسیع اصول تہٕ قأعدٕ ہێکنا بمتہٕ
جان پأٹھۍ ورتاوِس انِنہٕ پتہٕ رٕتۍ نتیجہٕ حأصل کرِٕتھ ۔

فرائیڈٕ تہٕ چھُ امہٕ کِس بأطنی تہٕ ظأہری پہلوہن سام ہیتھ اُکھی نتیجس پیٹھ واتان
رسُہ چھُنہٕ پننۍ دلیل دوان دِوان پننہٕ سوچن تراپہٕ ہندی ابہام موحسوس
کران تہٕ یمن پھُٹ کڈٕنچ کوٗشش کران ) تکیازِ اُمۍ ہندِس تہٕ اُمۍ سندِ ین
کارٕ باجن (اہم کارن) ہندِس سام ہنس منز چھُنہٕ کانہہ تفاوت ۔ یہ کیتھ نظرِ تل تھأوِتھ
یمہٕ قسمک مواد تہٕ یمہٕ تجربہٕ تمۍ پیش کرۍ مِتۍ آسن یمتہٕ تجربہٕ گژھن تس پننہٕ ینس
تجربس ستۍ واٹھ کھێنۍ یُس تمہٕ امہٕ قسمہٕ چوٗ دلیلو تہٕ تجربو ستۍ پانہٕ لوٗ دمُت آسہٕ
(یُدوَے النسانہٕ ہندِ جسمأنی بناوٹک پزراکھ موضوعس تحت ازھن نتیجہٕ بروٗنہہ
کُن آنہٕ پہٕ ۔)

فرائیڈنۍ یُس تحلیل ( ANALYSIS) تہٕ تجزیہ (ABSORPTION- ) انسأنی
فعلہٕ کِس سلسلس منز کران چھُ سُہ چھُنہٕ ہیکان لوتہٕ پتہٕ نبن ہم کال فلسفی ین ہندِس
حدس تام مطلب حأصل کرِتھ ۔ پننۍ کنۍ چھُ سُہ پننہٕ علمی زان کأری ہُندِ پےٗ پتاہ
اُمۍ نظریہ کنۍ بدِ کڈان ۔ تہٕ پزٕتھ صوٗرتس منز چھُ خیألی سائنسک ڈسلابہ کرِتھ
پننہٕ سے طرزِ تحقیقس پنُن ڈوٗکھ بناوان ۔ تمۍ سنز تحقیق چھ علمی مانہٕ یوان اما پننہٕ
فلسفک خاص رنگ چھُنہٕ سُہ ہرگز تہٕ مشراوان ۔ دأمۍ سنز مثال چھ تس شخصہٕ سنز

یُس ہنہِ ہُنہی فلسفاہ ایجاد چھ کران تکیاز سُہ چھُ فطرتہٕ بیچھ لاشعورس تام اتھ
ہیتھ النسانس زانُنہٕ باپتھ تسند اندرون زانٕنچ کوشش کران (ییتھ کنی زن گنہ وُہمہ
صدی ہندی واریاہ فلسفی ینہٕ پان پرکھاوان تہٕ سوچنت ترٲوِن ہندی مضمون
اَندرواتہٕ ناوان اُسی) پوز چھُ وچھ کہ نفسیٲتی تحقیقی (THEORY) لتہٕ پُھیر
پاٹھو واقف آسنہٕ کنی چھُ سُہ تاتان زِ انسان چھُ پنُن فطرتس ییٚمہ پٲٹھی پاٹھو
حاوی تہٕ اتھ چھُ پننہِ مرضی مطابق استعمال کران۔ یِمہ باپتھ شاید چھ عقلچ اَلاوٕ
شہوانی تہٕ پوشیدہ جذبات ییمہ النسانس اندرس منز موجود چھ۔ تعمیلہٕ تہٕ شامس پننہ
کُن جسمانی حسہ لتھ یکدم [illegible] سُہ چھُ [illegible] انسانہ
منز زندگی کیچھ کنی چھ ییمہ بیرونی عمروٕ [illegible]
کُس ستاسُہ چھُ یوٚس شہوتہٕ [illegible] نتیجہ [illegible]
زیادٕ تُز لبنہ چھُ یوان [illegible] چھُ [illegible] ظاہری شکل [illegible] بنیادس پیٹھ
اکھ اکس سیتہٕ مقابلہ کران اما پوٚز چھنہٕ وتان زِ یِمہ کُس [illegible] چھ۔ تکیازِ ییمہ مسلہ
النسانہٕ منز کارگردگی بیون بیون تاریخی زمانہٕ مطابق بیون بیون طریقو سیتہٕ کامہ
لاگتھ دیہکہن فنی کارنامن (ییتھ منز موسیقی، ادب، مصوری تہٕ تعمیر بیتر شامل
چھ) لوٕی لوٕی رنگ رٕچھ بخشان۔ ییتہٕ پاٹھی زن النسانن پننہ اصولی فطرتہٕ
مطابق پزکھ دورس منز زندگی گزارٕ تہٕ تہندس فطرتس منزہٕ آیہ کاہنہ تہٕ

کاہنہ فرق (تاریخی دورن منز زندگی گزارنہٕ کین طریقن منز فرق ییٚنہٕ موجوب لوٚگ النسانی فطرتس خاص کرأہندین احساسن تہٕ سوٚچن تراین سبٹھاہ تھزر یٚنہٕ سٕتہٕ سٕتہٕ فنکارۍ لوٚئی لوٚئی رنگ لٔبی) — یعنی النسانی فطرتن تروونہٕ زانہہ تہٕ لوٚبر ژھارمٕن تہٕ فن زندگی سٕتہٕ سٕتہٕ پکنہٕ ناوُن۔ ییٚلہٕ اسی فرائیڈ سندِ نظریکہ یِمہٕ اہم لوٚکٕٹہٕ تہٕ ٹاکارٕ اشارٕ مدِ نظر تھاوان چھہ۔ اسہٕ چھہ یِمہٕ خاص دِ وُتہٕ نظرِ گژھان یِمہٕ فلسفی یِن ہندی میٹھہٕ تہٕ ہمری شاہکار گٔنزراونہٕ چھہ لوان۔
ییٚتہٕ پأٹھی چھُ فرائیڈ ییٚنہٕ لٔس سوچس شکلاوتھ پانس بیٚہ سٔپدن والین حملن ہُند روٚٹ کران۔

اِنسان چھُنہٕ زانہہ تہٕ ییٚنہٕ مرکہٕ فطری تقاضونٕشہ بدوٚن رُوزِتھ جٔنتہٕ پری یِن ہنز شکل اختیار کران۔ ییٚلہٕ اسی لفظ "انسان" وَلوٚسُون مطلب چھُ آسان سُہ وجود یُس کینٛہہ آسہٕ کران کھیوان چیوان، اورِ یور حرکت کران تہٕ پرٛتھ قسمکہٕ آب وہوائُک اثر قبول کرِتھ نمیٚتک ردِّعمل ظاہر کران آسہٕ۔

[اِشارٕ چھُ ٹن ہندِس نظریس کُن یُس کمہٕ "PHYLOSOPHY OF THE ART" یانے "فلسفۂ ہُنر" ناوِ کتابہٕ منز درج کوٚرمُت چھُ]

ییٚتہٕ چھُ تہٕ سوروٚے یہٕ امس النسانس اندر بیٚپردربیٚپوراشتس منز واتِتھ امیُک

یُس بێہی بێہی فلسفاہ ایجاد چھ کران تکیاز سُہ چھُ فطرتہٕ بیٛھٹھ لاشعورس تام اند ہیٛتھ انسانس زانہٕ باپتھ لسندا اندرون زانیٛنج کوشش کران (یِہتھ کنہٕ زن کُنہٕ وُہمہ صدی ہنٛدی وارِیاہ فلسفی پننےٚ پان پرکھاوان تہٕ سونچن ترائین ہنٛدی مضمون اَندواتہٕ ناوان اُسی) پوٗز پننہٕ وقتہٕ کہِ نظریہ تہٕ تھیوٗری (THEORY) بنشہٕ پوٗرہٕ پاٹھۍ واقف آسنہٕ کنۍ چھُ سُہ یہ زانان زِ انسان چھُ پننِس فطرتس بیٛھٹھ پوٗرہٕ پاٹھۍ حاوی تہٕ اُتھ چھُ پننہٕ مرضی مطابق استعمال کران ۔ یمہ باپتھ سُہ اَتھہٕ کھوٗر چھُ ماران زِ شہوانی تہٕ پوشیدہٕ جذبات یمہٕ انسانی بدنس منز موجود چھ ۔ تمو بدلہٕ آسہٕ سُہ اُمس برونٛہہ کُن جسمانی حصہ بنشہٕ بدون چیز ۔ سُہ چھُ یہ کٔہتھ واتہٕ ناوِنۍ یِژھان زِ انسانہٕ سنٛز زندگی کیٛتھہٕ کنۍ چھ یمہ بیرونی طاقژ تمسنز کارکردگی تباہ کران رودمتۍ ۔ پوٗز سُہ کُس سَناشےٚ چھُ یوسہ شہوتہٕ ورأے اَمہِ کارکردگی ہنٛز بنیاد بنٛتھ ہیٛکہ یُس اُمس زیادٕ نٔز لبہٕ چھُ یوان ۔ سُہ چھُ یمنے ظاہری مسلن ہنٛدس بنیادس بیٛھٹھ اَکھ اَکس سیٛتۍ مقابلہٕ کران اما یہ چھُنہٕ ونان زِ یمہٕ کُہ مسلہٕ چھ ۔ تکیاز یمہٕ مسلہٕ انسانہٕ سنٛز کارگردگی بیوٗن بیوٗن تاریخی زمانہٕ مطابق بیوٗن بیوٗن طریقو سیٛتۍ کامہ لاگِتھ دیہہ کین فنی کارنامن (یِمن منز موسیقی، ادب، مصوری، تہٕ تھیٹر بیتر شامل چھ) لوٗی لوٗی رنگ پرِتھ بخشان ۔ یِہتہٕ پاٹھۍ زن انسانن پننہٕ اصولی فطرتہٕ مطابق پزٕ کھ دورس منز زندگی گزارہٕ تہٕ تہندس فطرتس منز تہٕ آیہ کانٛہہ نتہٕ

کاہنہ فرق (تأریخی دورن منز زندگی گزارنہٕ کین طریقن منز فرق ییٚنہٕ موجوب لوگ انسانی فطرتس خاص کرٲہتھ بنہٕ احساس تہٕ سوچن تراین سبھٹاہ تھر ییٚتھ ہیتہٕ ہیتہٕ فنکاری لوٗی لوٗی رنگ لبی) ــ یعنی انسانی فطرتن ترو ونہٕ زانہہ تہٕ لوٗبر ژھارُن تہٕ فن زندگی ہیتہٕ ہیتہٕ پکہٕ ناوُن۔ بیلہٕ اَسی فرائیڈ سندِ نظریک یمہٕ اہم لوکٕتہٕ ٹاکارٕ اشارٕ مدِ نظر تھاوان چھ۔ اسہٕ چھ یمہٕ تہٕ خاص دُ وُ تہٕ نظرِ گژھان یمہٕ فلسفی ییٚن ہندی میٹھی تہٕ ہمدری شاہکار گنڑراونہٕ چھ لوان۔

ییٚتھ پأٹھی چھُ فرائیڈ بینہٕ لس سوچس شکلأو تھ پانس بیٚتھ سیدن والین عملن ہُند روٹ کران۔

اِنسان چھُنہٕ زانہہ تہٕ پننہٕ مرکو فطری تقاضو لنشہ بدوٗن رُوزِتھ جنن تہٕ پری ییٚن ہنز شکل اختیار کران۔ ییلہٕ اَسی لفظ "انسان" وَنوٗ سوٗن مطلب چھُ آسان سہٕ دوجوٗدیُس کیتھ آب کران کھوان جیوان، اورٕ یور حرکت کران تہٕ پرٛتھ قسمکہٕ آب وہوایک اثر قبول کرٕتھ نیک ردِّ عمل ظاہر کران آسہ۔

[اشارٕ چھُ ٹن ہندِ سس نظریُس کُن لیُس کتی "PHYLOSOPHY OF THE ART" یانے "فلسفۂ ہُنر" ناوی کتابہٕ منز درج کوٗرمت چھُ]

بیٚنہٕ چھُ تہٕ سوٗرے یہٕ اَہس انسانس اندر ییٚر درییٚر وراثتس منز وأتھ امیٚک

تعلق جسمٲنی قٲبلیت، ذہنی عمل تہٕ یمن چیزن ہُندس ظٲہری پہلوٕوس ستۍ پاسان چھُ تکیاہ زِ
یمہٕ چھِ تمہٕ تقاضہٕ زِ اگر یمہٕ موجود آسن تہٕ انسان چھُ تیلہِ اکھ بے معنہِ لفظاہ۔
تیلہِ أسی سٲری خٲرجی تہٕ داخلی تقاضوٕسان مجموعی طور أکِس جسمہٕ وأکِس انسانہٕ منٛز
کنہٕ سٲری خصوصیات تہٕ مفہوم ہیتھ نظرِ تل أنان چھِ تمہٕ ساتہٕ چھُ یہ سہل
بنان زِ أسی کرون انسان زندگی برٛوٚنٛہہ کنہٕ کھڑا تہٕ أمِس کرو اکھ زندگی ستۍ پرٛتھ
رنگہٕ موازنہٕ۔ امہٕ موازنہٕ ستۍ ووتلن أسہٕ برونٛہہ کنہٕ زِ چیز۔ گۄڈنیک یہ زِ انسانس چھُ
پانہٕ سے ہیوٚن بلکہ تِہ انسانن ہنٛزِ جماژ ستۍ اکہٕ نہٕ بیہ رنگہٕ تعلق [ مثلن عشق چھُ فراقہٕ تہٕ
دباوِ وِزہ زیادے شدید بنان ووٚنی اگر فراق تہٕ رکاوٹ ہناکھے یہن آسہٕ قودرتی
طور گژھِ عشقس اندر شدّت کم ] بیٚہ جماعتھ چھِ وقتہٕ چہ تبدیلی ستۍ ووٚجوٗد لبھتھ
زندگی ہنٛدِ تقاضہٕ مطأبِق اکھ مخصوص ذوق، سوچ تہٕ احساس لبان یمہٕ ستۍ
اِہندِن فِطری خصوصیتن ہُنٛد اثر فقط تمہٕ نے فردن منٛز بأقی چھُ روزان یمہٕ کیٚشن
ہیئتن ٹھوس شکل چھِ دِوان۔۔

اگر أسی تس انسانہٕ سُندِ یُس تمدّنی تبدیلیوٚ لِنشہِ بدوٚن آسہٕ رودمُت
تیتھس انسانس ستۍ مقابلہٕ کرو یُس تمدنہٕ کین مستقل روزن والین تہٕ یمن منٛز تبدیلی ییٚنہٕ
والین چیزن لرِ لور رُودمُت آسہٕ نتیجہٕ آسہٕ نہٕ دوٚشوِی أندو ہوٚے۔ یوٚسہٕ فرق
أسہٕ برٛونٛہہ کُن احساس، سوچن ترٲئن ذوقس تہٕ وطرس منٛز بییہ تمہٕ ستۍ ہیکو

اُسی امیُک مطلب جان پاُٹھی اخذ کرِتھ ۔ یہ کنھ چھ امہِ تلہِ صاف ننان زِ یمو منٛزٕ چھ کینہہ نفسیأتی خأہشہِ شدید تہٕ کینہہ سیٹھی کمزور آسان۔

یمہِ وقتہٕ انسان قدرتی آفتن تہٕ بیین اکھہِ نِ زبردس طاقتن ہندین اَتھن منٛز اکھ چھاپٕچھ پوُت اوس تہٕ یَیلہِ سُہ گوبھن منٛز مادرزاد ننیٛتھ لوٗن تہٕ فاقہٕ پھِرہ روزنہٕ باپتھ مجبور اوس۔ اُمی ہٕندی احساسات اُسی سیوٚد سادٕ طریقو ظأھر سپدان۔ اُمی ہندی کنٛز اُس یمہِ حادثاتو تہٕ وأری داتو بڑٕ تہٕ دُہنچ شکلے وُکھرِہ۔

تمن وقتن منٛز انسانہٕ ہندی احساسات

تام بدرکڈنہٕ باپتھ چھ اُسی ویدن ہندی شلوک پران تہٕ یہ نتیجہٕ اخذ کران زِ سُہ انسان کیٛتھہٕ کنٛز اوس سادٕ طریقہٕ تہٕ شوٚدٕ مٕتہٕ ظأہری چیٖزن متعلق باوتھ کران ۔

اَمہِ پتہٕ یَیلہِ انسانہٕ سنٛز زندگی وارٕ وارٕ کاڈ کوڈ تہٕ اُمی سنٛدٕ پسند تہٕ ناپسندٕ کہِ چیٖز تبدیل گئے سپدان تہٕ یَیلہِ ٹٕسی یُن ہُند دوٗر برژھوٚٹیاو تہٕ عقیدن تہٕ خیالن منٛز فرق آیہِ تہٕ دیوتاہن ہنٛز گرٕز منٛز تہٕ اہیٚزن کمی گرٕھنہِ دلیلن پیٹھٕ مبنی اعتقاد گو اجتماعی اعتقادس منٛز تبدیل ۔ اِتھہٕ پاُٹھی گئے لوکن ہندی خیالات تہندین عقیدن سیٖتی ستی بروٚنٹھہ پکان ۔

فرانسہ کِس فلسفی ریبوٹ ( RIBOT – 1839 – 1916 ) ہندِس نظریس سیتہ ہیکوا مہ کُنہِ اتفاق کرِتھ زادب چھُ سہ چیز یُس داستان گوئی تہٕ عقلہ ہندِ موازنہ پیٹھ بارسس آمُت چھُ۔ تکیازِ امہ دورِچ اکھ خصوصیت چھےٚ یہ زِ امہ ساتہ کھو مذہبی عقیدو چھُ فلسفک کانی رنگ روٗٹمُت۔

اُوستائی ادبس منز چھُ اُسہ اہرمن تہٕ لستدین بدکار ستی تہٕ باجین تہٕ اہورمزدا ہشرن سارِنے ہنکرین تہٕ خاہشن درمیان ہمیشہ بُھتہ لگے نظر گژھان۔ اکِہ خیالہ موجوب چھُ اُوستاہس ہش کِتاب "ایلیڈ" [یہ چھےٚ سہ کتاب یتھ منز یونان تہٕ ٹرایہ کہ خون ریز جنگکو واقعات درج چھِ۔ ایلیڈ چھےٚ ہومرن (HOMER) لوٗشہتھ ؤری قبل مسیح تخلیق کرِمژ]

قدیم ہندوستانس منز چھُ "مہابھارت" اکھ ندِ مقابل یُس کوروَن تہٕ پانڈوَن ہندِ جنگچ تہٕ پوتُس کرشنہ سِنز فتح یابی ہنز داستان چھُ [مہابھارت چھےٚ فردوسی ہندِس "شہنامس" ہش اکھ اہم کتاب یمہ کِن شارن ہنز گرنداکھ لچھ چھےٚ تہٕ یُس یتھ بندس منز چھُ زور مصرع۔ یہ چھےٚ ہندوستانکس تمدنی تاریخس منز شامل۔ شائد چھُ یہ ویاسن ناوی دانشورن لیچھمژ] یتھ پتہٕ بیاکھ کتاب چھےٚ "رامائن" یُس ہندوستانکو اکو پرانی شاعر بالمیکی ین لیچھمژ چھےٚ [رامائن چھےٚ سورج بنسی خاندانس متلق۔ یُس کینہہ صدی قبل مسیح اوس۔ یہ رزمیہ داستان چھےٚ

سنسکرتس منز گوڈنچ کتاب ۔ امہ برونٹھ چھ صرف ویدآئمتی ۔] یمہ کتابہ چھپنہٕ چھرا مذہبی خیالاتنے ہنز حاطہٕ بندی کران ئلو کہِ چھ فتوحاتن ، بہودریاٗکھی بچاوٗ کرنہٕ کین طریقن تہٕ زندگی ہندین خاص خاص موضوعن ہُنند ذکر تہٕ کران یمن حالاتن ہندِس ئنبرس منز ڈنگ دِتھ چھ اُسی قدیم قومن ہندی جنگی حالات پرکھاوِتھ ہیکان ۔ یمن ترٕیبنہٕ ونی کتابن منز چھ وَنن والین ہندی احساسات لُکن ہندین جذبن سیتی واریاہ حدس تام ہوی باسان ۔ پرتھ اکھ وَتن وول چھ یہ پرٕتھان زِ سماجہ کیٛو شالوٗ بینٛچھ گوٗ ژھ کیٛنہہ بور والنہٕ یُن تہٕ لُکن ہندین دِلن منز گژھ سے وومید تہٕ خاہش پاد ییدنی یوسہٕ لیکھن والِس پانس اندر یاسان چھ ۔ مہابھارتس منز چھ اَسہ یہ پے لگان زِ بر ہما شندِ بحرک آگرُ کتہٕ چھُ تہٕ سُہ کیتھہٕ کنی چھُ پننہٕ ہن بندن پننہٕ تہو کھوٗرو تلہٕ پادٕ کرُن پرٕتھان ۔

ہومرسندِس "ایلیڈس" منز چھپنہٕ کانٛہہ وومیداہ وو تلان لوٗز پرتھ کانٛہہ پرن وول چھُ اَمہ پرانہٕ فنی شاہکارکِس پننہٕ زمانہٕ کِس تمدنس اکہٕ خاص رنگہٕ موازنہٕ کران ۔ ویدچھ تمہِ دورٕکین احساساتن سیتی تولُق تھاوان یلہ تہٕ انسانن منز تیٛز طبقہٕ بندی گامٕژ اُس ییٛز اَز چھ ۔ "اوستا چھ تمہِ زمانٕک حال وَنان ییلہِ زندگی منز واریاہ فرق تہٕ تبدیلی آمٕژ اُس تہٕ زندگی گزارنہٕ باپتھ آسہ کوشش کرٕنی ضروری ۔ یمن کتابن منز فرق آسنک وجہ اوسنہٕ لیکھن والین ہنز جسمانی فرق تکیازِ یمن لیکھن

والین ہندِس زندگی گُذارنہٕ کِس طریقس اُسنہٕ کاژہہ تبدیلی آمژٕ یمن اُسی وُنہٕ تہٕ کینہہ ضروریات تہٕ کھُری بُتھہٕ یوان۔ یُوژ فنس منزٕ اُس تبدیلی آمژٕ۔ امیہٕ قسمٕچ فرق چھُ یِمَن بیَن علاقن ہندین فنی نمونن منز لبنہٕ یوان (یتھ جایہٕ تہٕ فنس کاژہہ موضوع آسہٕ)۔ اُسی ہیکوا یہِ ونتہٕ کَمن دورن ہندی یِمَن بیَن نمونہٕ بٔروٗژہہ کُن اَنتھ۔

مگر جرمنی ہندی سازندر واگنر تہٕ (WAGNER) ہنگری ہندی مشہور سازندر لیسبٹ تہٕ پیانو وایِن وٲلی شوپن (CHOPIN) یِمہٕ رومانیتکی نمائندٕ مانہٕ چھِ یوان تِموکیاز بدلوو پننہٕ فنہٕ کہِ تجربک موضوع۔

موزارٹ (MOZART) ہنڈل (HAENDEL) تہٕ کلاسکی دورکیو باقی موسیقارو کیازِ کوٗر بدل موضوع پسند۔ یِمہٕ سوال چھُ اَسہٕ بٔروٗژہہ کُن تأریخی تبدیلیو سببہٕ پیش پینہٕ وٲلی حادثات انان تہٕ اُسی چھِ یورپکی تِمن دورن ہندی اجتماعی طور طریقہٕ نظر تَل اَنان تکیازِ اتھی فنی نمونہٕ بارسس انن والین کُن وُچھتھے ہیکوٕ نہٕ اُسی تہٕ سمجھتھ یہِ اَسہِ بٔروٗژہہ کنہٕ چھُ تہٕ یہِ چھُنہٕ سائنس سوالس کاژہہ جواب دِوان۔ اَسہِ پزٕ تِمن وجوہاتن کُن تہٕ دیان دیُن یِمہٕ یتھین فنی نمونن اکھ اَکس لٔبنہٕ ژھین چھِ دِوان یا وُکھر چھِ بناوان تہٕ درجہ بندی چھِ کران۔ یہِ ترتیب نظرِ تَل تھٲوِتھ ییلہِ اُسی علمی طوراہنک تحلیل تہٕ تجزیہ چھِ کران یہِ کَتھ چھِ کھُر سیدان زِ یتھہٕ کنہِ فن تہٕ سوچن ترٲیہِ کھُلہٕ

